# انوارِ محمدی

بلالن بانگ پر اللہ اکبر
سنگر یا لو پھرنی ہیتی نور دفتر
صدائے بازگشت ذرِ ششجہاتن
محمد چھے رسول اللہ پیمبر

الحاج فاضل کاشمیری

اللہ اللہ این عنایت اے رسول ہاشمی سر نہادم زیر پایت اے رسول ہاشمی

**انوارِ محمدیؐ**

جملہ حقوق بحق سیّد ذی شان فاضل محفوظ

مُصنف، کتابت وحائشیہ:

الحاج فاضل کاشمیری رحمۃ اللہ علیہ

چھاپ:

جون ۲۰۱۳ عیسوی

ایڈیشن:

ژوداہم (۱۴)

ہدیہ:

اکھ ہتھ تہٕ ژتجی روپیہٕ Rs. 140/=

نگران:

ڈاکٹر تسکینہ فاضل تہٕ سیّد ریان فاضل

اشاعت:

فاضل میموریل ٹرسٹ

گلشن نگر (بائی پاس) سرینگر کشمیر ۱۹۰۰۱۹




## بعد از خدا بُزرگ توئیِ قِصه مُختصر

حضورِ پُرنور زاے عربہٕ کِس مشہوٗر شہر مکہ معظمس منٛز۔ تٔہندِس باپہٕ صاأبس اوس عبداللہ ناو تہٕ ماجہِ أسِکھ بی بی آمنہ ونان۔ حضورنٛ ہٕندی باپہٕ صاأب أسی تِہندِ وِلادتہٕ برٛنٛہہ یٖیمہِ عالمہٕ گمتی۔ تِم رٔچھی تہٕ پألی پننہِ بڈی باپہٕ صاأبن یٖمن عبدالمطلب ناو اوس تہٕ تِمن پتہٕ جناب ابوطالبن۔ تِم أسی حضورنٛ پیٚتر۔ یتیم آسنہٕ سببہٕ آونہٕ تِمن لوکچارس منٛز تعلیم پرٛنٕک موقہٕ۔ تِم أسی اُمی، شُری پانہٕ پیٹھہٕ أخرس تام روٗد تِہُند قول وفعل ایماندأری۔ زِٹھبن عزت کرُن تہٕ سادٕ زندگی گُذارٕنی۔

حضورؐ أسی سو دلہٕ سارنےٕ أکار بکارِیوان۔ یوٚ دوے کُنہِ کانٛہہ بوچھِ ہوٚت درٛیٖنٛٹھی گرٛٹھِ ہیکھ، تس أسی پننہِ

کھبنہٕ منز کھیاوان۔ کأنسے زیادٕ بور نکھس پیٹھ وُچھن تس

أڈ ہن تلان۔ وعدٕ أسی پوٗرٕ کران۔ ژکھ بیٚترِ أسکھ نہٕ

زانہہ کھسان۔ عام لُکھ تہٕ أسی تِمن امین ونان۔ تکیاز

تِمو چھنہٕ زانہہ کأنسہٕ ہنٛدِس امانتس خیانت کرمژ۔ تِم

چھِنہٕ کأنسہٕ أکس بُتھِ لگۍ متی۔ یِم گون چھِ ٹاکارٕ پأٹھۍ

ہأوِتھ دِوان زِ حضورؐ چھِ اکہِ پاک تہٕ صاف زندگی ہنٛدی

نموٗنہٕ۔

سرورِ کونینؐ أسی موٗلۍ خدا خدا کران۔ تِمو لوگ گوڈٕ

پیٹھٕ اند تام پنُن سورُے وق وتہِ۔ کلام کرنس منز أسی پُر گو

تہٕ کم گو۔ اورچہِ یورچہِ کتھِ کرنس پیٹھ أسی نہٕ زانہہ تہِ

لارٕ۔ پننہِ کامہِ پانے کرنہِ تہٕ أتھی سٟتی یادِ خدا کرُن اوس

تِہُند دستوٗر۔ أتھی چھِ ونان۔ دست با کار، دِل بایار۔

یہِ اوس سُہ وق زِ ییلہِ عربس منز سمأجی تہٕ اخلاقی

حالت اَبتر أس۔ لوٗکھ أسی لوکٹین لوکٹین قبیلن منز

روٗزِتھ بسان تہٕ پانہٕ وأنی ژُوان۔ أڈی قبیلہٕ أسی جہالتہٕ

سببہٕ پننہٕ نبن موصُم کوربن کھوڈ بُزی کران۔ اکثر لوٗکن

اوس نہٕ شرابہٕ ورأے میوٗنڈُے وسان۔ ژوٗر کرٕنی، زار

گندٕن آسہٕ نہٕ بجہِ کتھ۔ بیٚین ہنٛزن کوربن تہٕ زنانن ہنٛز

عصمت لہراونی آسہٕ تھکنچہ کامہِ خیال یوان کرنہٕ۔ اوے
چھِ عربہٕ کِس تتھ زمانس "زمانۂ جہالت" وننہٕ یوان۔
عربکس اتھ زمانس منز اوس حضرت ابراہیمؑ سٕنزِ و
کوٗششوٕ ستی خدایہِ سُند پوٗز دین پھاپھلیومُت، یُس
وونی وارِ وارِ لوٗکن منز سور یومُت اوس۔ لوٗکھ آسی نہٕ
اصوٗلن پیٹھ پکان، بلکہ تِم آسی جہالتن تہٕ حماقتن وٗلی
مٕتی۔ تِمن پیٹھ اوس اِبلیسن غلبہٕ کوٗرمُت۔ اتھ منز آس
أکِس وتہٕ ہاوکہِ سٕنز بے حد ضروٗرت۔ خدایہِ سٕنز
خداوندی آیہِ بجوش تہٕ ہادی برحق جناب حضرت محمدسؐ
پیٹھ سوٗز تِمی وحی۔ تِمو کوٗر نبوتُک اعلان۔ گوڈٕ گوڈٕ کوٗر
صرف کینژو نیک بختو اِسلام قبوٗل۔ تِمن منز آسی حضرت
خدیجہؓ تہٕ حضرت ابوبکرِ صدیقؓ بیترِ شأمل۔ پوٗز گوپزان تہٕ
اُپزٕ گواپزان۔ لوٗکھ ہیٚتِن فوجو فوجو دینِ اسلام قبوٗل کرنہِ۔ اللہ
تبارک چھُ پوٗز، سُہ چھُ ہمیشہ پزٕس ستی إِذَا جَاءَ نَصْرُ اللَّهِ
وَالْفَتْحُ وَرَأَيْتَ النَّاسَ يَدْخُلُونَ فِي دِينِ اللَّهِ أَفْوَاجاً
موجوٗدٕ حالتھ نظرِ تل تھٲوِتھ ہیکو وٕنتھ زِ حضوٗرِ پُر نور
جناب محمد الرسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم سٕندی نام لیواتہٕ خدا
پرست انسان چھِ دُنیہکین اکثر حصن منز اسلام کہِ نورٕ

ستی مُنور۔

فتح مکہ پتہٕ دینِ اسلامُک نوٗر دوٗر دوٗر تام واتناونہٕ موکھ آے وِزِ وِزِ حضوٗرنٛ ہندِ طرفہٕ مختلف مُلکن ہندین حکمرانن نامہٕ پیغام سوزنہٕ۔ اَتھی ستی سپدی معاہدٕ تہٕ طے۔ یمن ہُند ٹاکارٕ پہلواوس زِ لُکھ گژھن سیٚزِ وتہٕ پتھ پتھ خدایس تہٕ تمٕکِ سٕندِس رسوٗلس پتھ ایمان انٕنۍ۔

خدا جل شانہٗ چھُ اَمِس سیدُ البشرس قرآنِ مجیدس منز میٹھو لفظو ستی یاد کران۔ مکہٕ پتھ مدینہ سفر پیدل طے کٕرتھ ییلہِ تم شہرس منز ژاے لوکچہ لوکچہ کورِ آسہٕ ڈٔری گنٛڈتھ نعت پران تہٕ دف وایان۔ لُکھ اَسی تمن مایہٕ بوٚرُت استقبال کرنہٕ خاطرٕ گرو منز نیرتھ وتن پتھ پیاران تہٕ عربی زبانٔی منز تہندِ حُسن وخوبی ہندی باتھ گوان۔ اَتھی منز پیوو فنِ نعت تھٔنہٕ۔ تمہِ کالہٕ پتھ از تام سپد نعتہٕ رکس فنس منز اَنتہٕ رۆس برٛزر۔ درِ دست کتاب ''انوارِ محمدیؐ '' تہٕ امیُک یہِ ژوٲہم ایڈیشن چھُ اتھ سلسلس منز اکھ اضافہٕ۔

سیّد ذی شان فاضل

(پرنٹر اینڈ پبلشر)

۱۹/اپریل ۲۰۱۳ء




زادوہ:-

۹ ربیع الاوّل باختلاف ۱۲ ربیع الاوّل
صُبح صادقہ پیتہ مطابق ۲۲ اپریل ۵۷۱ء
کاشانۂ المُطلّب مکہ



یومِ وِصال-

۱۲ ربیع الاوّل ۱۱ھ
ز ندروار
مدینہ منوّرہ

الذي كان اذا مشى مع الطويل طاله. الذي كان اوضح الجباه جبينا. الذي كان احسن عباد الله شفتين
ماء الذهب يجري في صفحة خده. اللهم صل على محمد الذي كانت رونق الجمال
يطفح من وجنتيه. اللهم صل على محمد الذي كان ملح الصبح الجبين. الذي كان كأن عنقه جيد

# صاحب جلال و جمال

موکھ پرون تہٕ ڈٕکہ پھولُن ــــ کاشُر گلاب ہیو۔ چشمانِ مُبارک وٕنچھ وٕنچھ تہٕ سورُملی۔ رِیشہِ مُبارک سنبُل دُچھ ہیو۔ گیسوئے مبارک پیچانہٕ دار۔ ییمن پانہٕ وآنی ہلوَن، باسان زِ قوسِ قزح چھ وُنی زُونی اوٚبرہٕ منٛز چھلِتھ چھوٚکِتھ کاڈکڈان۔ کیتہ کران، زن کو سنم ہران، گیسوے مُبارکن گرٛاے لگان تہٕ عالمس وِزملہٕ گٕژھان۔ کلامہٕ کران تہٕ سنٛنِن تہٕ ودٕ گنٛہِن سوٚدرن ہندِن گوہرن ہندٕ پے دِوان۔ نہٕ جادِ تھدی نہ جادِ پست، البتہٕ یکن والِن منٛز ژہٕ آیا سے دِرہٕ بلنٛھٕ گژھان۔ چھیکرس ہیرِ بوٚن جاذِب نظر تہٕ دِلنشین۔ تارِ لیفن لایق بیٚتھ زِ پانہٕ خدا فریفتہٕ۔ عظمتس تہٕ بزرگی منٛز کُن ؎

بعد از خدا بزرگ توئی قصہ مختصر

حضرت جامی صابن چھ یہنٛد شکل و شمایل بیان کرنٕچ کماحقہٗ بلیغ کوشش اکِس نعتِ شریفس ؎ عارض است ایں یا قمر منٛز کٔرمژ،

حلیہ مبارک
ایک جھلک

بسم اللہ الرحمٰن الرحیم۔ اللّٰھم صل علی محمد الذی کان یتلالؤ وجھہ تلالؤ القمر لیلۃ

بسم الله الرحمٰن الرحیم . اقرأ باسم ربك الذی خلق . خلق الانسان من علق . اقرأ و ربك الاکرم . الذی علم بالقلم . علم الانسان ما لم یعلم . کلا

ان الی ربك الرجعی . أرأیت الذی ینهی . عبدا اذا صلی . أرأیت ان کان علی الهدیٰ . او امر بالتقویٰ ......

## غارِ حرا

سرورِ کاینات آسی وحی نازِل سپدنہ برونٛہہ غارِ حرا
نامی اکِس غارس منز عبادت کران ۔ ژتجہ وُری عمرہ شریف
گذارنہٕ پتہ آو اُتھی غارس منز حضرت جبرئیلؑ یمن نش وحی
دتھ اَیہ خُدایہ سُنٛد پیغام ہیتھ ۔ عرض کورُن زِ یا محمدؐ پرٛ ۔

بسم اللہ الرحمن الرحیم

# نعت



ژٕ چھکھ شمعِ ہدایت یا محمدؐ!

ژٕ چھکھ نورٕچ حقیقت یا محمدؐ!

ژٕ یتھ پیم ددی تمو لب زندگانی

بہٕ کرٕ ہے پونپرِ گتھ یا محمدؐ!

صلوات اللہ

محمدؐ علیہ افضل صلوات اللہ واحسن صلوات اللہ واجل صلوات اللہ واجمل

اللہ وارفع صلوات اللہ واعظم صلوات اللہ وافضل خلق اللہ واحسن خلق اللہ

# حرفِ اوّل

پیغمبرِ اسلام جناب حضرت احمد مجتبیٰ و محمد مصطفیٰ ؐ کی نعت و تعریف قرآنِ حکیم کی آیات میں ہی نہیں بلکہ توریت و انجیل کے صفحات بھی اس سے مزیّن ہیں، کیونکہ خلّاقِ فطرت اور نقّاشِ ازل نے ذاتِ والا صفات کو خَلق اور خُلق میں اور صورت اور سیرت میں ایک بے مثال پیکر بنا کر تختِ سیادت پر جلوہ گر فرمایا ہے۔ اسی لئے عہدِ نبوت سے لیکر آج تک برابر ہر قرن اور دور کے مسلمانوں میں نعت رسول ؐ ایک محبوب اور عزیز ترین مشغلہ رہا ہے۔ نثر میں بھی اور نظم میں بھی۔

کسی ذات کی تعریف و توصیف، توقیر و تعظیم اور نعت و مدح کے تین محرکات متصور ہوتے ہیں: کمال، جمال اور نوال۔ صاحبِ کمال کی تعریف کرنا تقاضائے فطرتِ انسانی ہے۔ حُسن و جمال کیلئے تحسین و آفرین کہنا مزاج انسانی کا حصہ ہے اور صاحبِ نوال یعنی محسن کا شکر گزار ہونا شرافت انسانی ہے۔

ہم حسن تراُ مسلّم و ہم احسان۔ محبوب توئی کہ ہر دو آیت داری

رسول عربی ﷺ میں یہ تینوں اوصاف بحدِ تمام موجود ہیں اور آپ
کی حیاتِ طیبہ میں ہی متعدد شعر گو صحابہ نے آپ کی نعت
خوانی اپنا مایۂ سعادت و افتخار سمجھا چنانچہ حضرت حسانؓ
بن ثابتؓ نے وَاَحْسَنَ مِنْكَ لَمْ تَرَ قَطُّ عَيْنِي کا گلدستہ
عقیدت پیش کر کے حضور اکرم سے اَللّٰهُمَّ اَيِّدْهُ بِرُوْحِ الْقُدُسِ
(اے اللہ روح القدس سے حسان کی تائید فرما) کا ابدی
انعام پایا۔

سمندر کو کوزے میں بند کون کر پائے؟ اسی لئے اپنی
تنگ دامانی کا اعتراف حضرت امیر خسروؒ نے بات مختصر کرنے کیلئے
کہا ؎ آنچہ خوباں ہمہ دارند تو تنہا داری

ایک اور عاشقِ رسول حضرت سعدیؒ شیرازی نے ذرہ اور
آفتاب کی مناسبت دیکھ کر اپنی بے بضاعتی کی بات اور مختصر
کر دی کہ بعد از خدا بزرگ توئی قصہ مختصر

مختصر یہ کہ نعتِ رسول مسلمان کے لئے راحت جان تکمیل ایمان
اور رضائے رحمان ہے.. اور بس۔ لیکن نعتیہ شاعری کے
اس بحرِ ذخار میں غواصی کرنے والا محتاج ہزار احتیاط بھی ہے۔
اس کے پاک جذبات، اظہار و بیان، فکر و خیال،

عشق و محبت آئین و شریعتِ محمدیؐ کے حدود و قیود سے متجاوز نہ ہونے چاہیں۔ اِس موضوع پر کام کرنے والے کو الوہیت و رسالت کا وہ میزانِ عدل واعتدال ہر آن سامنے رکھنا چاہیے جو قرآن مجید کی تعلیم کا جوہر اور خلاصہ ہے۔

زیرِ نظر مجموعۂ نعت وسلام "انوارِ محمدیؐ" کا بیشتر حصہ کشمیری نعتوں پر مشتمل ہے، جو فاضل صاحب کے بے ساختہ اظہارِ خیال اور سرمدی سرور سے آشنا ہیں، جانتے ہیں کہ وہ جس محفلِ میلاد میں اپنی نعت سُناتے ہیں، اسکا سارا ماحول جھوم اُٹھتا ہے۔ یہ بھی ایک وجہ ہوسکتی ہے کہ اُن کا نعتیہ کلام مسجدوں، خانقاہوں اور سکولوں کے دُعائیہ اوقات میں پڑھا جاتا ہے۔ وہ شوق بھری کیفیتوں میں قربِ محمدیؐ سے گُلِ ہل کہہ اُٹھتے ہیں۔ ؎

رُخک سرمایہ کمتر۔ دِل توقص نِد
قلم بے تو ژھہ زبان قاصرِ عقل بُد
نعت وننک نہ طاقت یا محمدؐ
مے چھم بس چانہ ذاتک شوق بے حد

اُنھوں نے عشقِ نبویؐ میں اپنی سالم بساطِ زندگی کو یکسر قربان کرسکی

تمنائیں اظہار کے سبھی پہلوؤں کو ابھارا ہے۔ ایک جگہ بیان کرتے ہیں ؎

طہٰ جبینس منیٹھی کرہس فرقانس تاے
مازاغ چشمن پیالہ برہس استائے استاے

سنہ ۱۹۳۰ء سے سنہ ۱۹۳۵ء تک فاضل صاحب نے مدرسۂ انجمن نصرۃ الاسلام میں دینی و دنیاوی تعلیم حاصل کی ہے۔ اس دوران میں اُن کے دو کتابچے: "گلدستۂ فاضل" اور "ترانۂ فاضل" چھپ کر شائع ہوئے ہیں۔ ایک میں انکا اردو کلام درج تھا اور دوسرے میں اُن کی کشمیری نعتیں اور غزلیں تھیں وہ اپنے گوناگون مشاغل کے باوجود دسویں جماعت کے امتحان میں امتیاز کے ساتھ کامیاب ہوئے جس پر انجمن کے صدر (مولانا محمد یوسف شاہ صاحب میر واعظ کشمیر) نے سکول کے طلباء کے سامنے سٹیج پر انہیں دستار بندی کی۔ اُن کی دو نعتیں :-

ہو گیا ماہِ عرب جب زینتِ بزمِ جہاں   اور
بلبل تہٕ نالاں گژھ دواں۔ شاہِ مدینس کر سلام

اُسی زمانہ کے شاہکار ہیں۔ خدا انہیں دین و دنیا کی سعادتوں سے نوازے۔ انکے کلام کو شرفِ قبولیت بخشیں۔ امین!

محمد فاروق
(مولانا محمد فاروق)

میر واعظ منزل
۷-۳-۱۹۷۹

میر واعظ کشمیر و صدر اسلامیہ ہائی سکول سرینگر۔

از سیدنا شیخ سید عبدالقادر الجیلانی رضی اللہ تعالیٰ عنہ

یا حبیب الالٰہ خذ بیدی ما لعجزی سواک مستندی کن رحیماً لذلتی و اشفع


بسم الله الرحمن الرحيم
يا نبي سلام عليكم
يا حبيب سلام عليكم
يا رسول سلام عليكم
صلوات الله عليكم
أشرق البدر علينا
واختفت منه البدور
مثل حسنك ما رأينا
قط يا وجه السرور

اللّٰھم صل علی محمد خیر العارفین خیر الواصلین خیر الکاملین خیر الزاھدین خیر الشاکرین

بسم اللّٰہ الرحمٰن الرحیم ۵ الحمد للّٰہ رب العالمین ۵ الرحمٰن الرحیم ۵ مالک یوم الدین ۵ ایاک نعبد وایاک نستعین ۵ اھدنا الصراط المستقیم ۵ صراط الذین انعمت

علیھم ۵ غیر المغضوب علیھم ولا الضالین ۵ آمین۔ اللّٰھم صل علی محمد وعلی آل محمد کما صلیت علی ابراھیم وعلی آل ابراھیم انک حمید مجید ۵

نور محمدی

بلغ العلیٰ بکمالہٖ
کشف الدجیٰ بجمالہٖ
حسنت جمیع خصالہٖ
صلوا علیہ وآلہٖ

التماس: نعت خوان حضرات مصنف انوار محمدی کو اپنی نیک دعاؤں میں شامل رکھیں۔



وما أرسلناك إلا رحمة للعالمين

بسم الله الرحمن الرحيم ٥ مثل الجنة التي وعد المتقون فيها أنهار من ماء غير آسن وأنهار من لبن لم يتغير طعمه وأنهار من خمر لذة للشاربين وأنهار من عسل مصفى ولهم فيها من كل الثمرات ومغفرة من ربهم كمن هو خالد في النار وسقوا ماء حميما فقطع أمعاءهم ٥ ومنهم من يستمع

محمد

لا إله إلا الله

رسول الله صلى الله عليه وسلم

از: سورہ محمد

یاایها الذین آمنوا صلوا علیه وسلموا تسلیما

صلوا علیہ دائما

بلبل زِ نالان گرژھ دوان۔ شاہِ مدینس کر سلام

ونتس چھ بیکس مبتلا

صلوا علیہ دائما

پھولمت گلاب باغس اندر۔ وولمت ھیے عرش اندر

انور چھ روئے والضحیٰ

صلوا علیہ دائما

رسول کریم نبی نبیہ۔ بشیر نذیر سراج منیر

شفیع عزیز وجیہ رحیم نجیب عظیم خطیر

بُہ دِیمن وڈ‌ی ٹرآڈی تُو - رُوئے مُبارک ہادی تُو

کری تو نظر پاس خُدا!

صلّوا علیہ دائما

والشّمس رُویش گنھ کرے - واللّیل مُویش پنھ مرے

خویش ٹرے چھے صد مرحبا!

صلّوا علیہ دائما

چانِی دِلش چھم آش تے - وندے اچھن ہند گاش تے

کانہہ چھُم نہ یاور ٹرے سوا

صلّوا علیہ دائما

اے صاحب عرش آشیاں - زیر قدم چھے آسمان

ٹرے ابتدا ٹرے انتہا

صلّوا علیہ دائما

از حضرت شیخ سعدیؒ: عرش است یکے پایۂ ز ایوان محمدؐ - جبریل امین خادم دربان محمدؐ

ژٕے چھکھ مدد گار ہیوٚن تےٚ ۔ سردار و غمخوار ہیوٚن تے

سر بوٚ گرٕے پاٚدن فدا

صلوٗا علیہِ دآئما

فاضل چھُ گومُت خستہ دِل ۔ ہر جا چھُہس ژٕے متصل

پیٚ کار چھُس شام و پگا

صلواعلیہِ دائما

مندرجہ صدر نعت "بلبُل ژٕ نالان گژھ دَدان" چھُ مصنّف ۱۹۳۴ سنہٕ منز گوڈنی پنٕنہِ اکس کتابہِ "ترانۂ فاضل" نس منز چھاپ کوٚرمُت ۔ تمہ پتہٕ اوس مُصنّف مدرسۂ انجمن نصرۃُ الاسلام سرینگرٕ منز دُہ ۱۰ جماژن پرٕان ۔ تمہ وزِ تہٕ اوس یہ نعت شریف مسجدن تہٕ محفلن منز پرنہٕ یوان ۔ یہ چھُ آمُت "انوارِ محمدیؐ" کِس تمام ایڈیشنن منز ہوٚبہوٚ چھاپ کرنہٕ ۔ مُصنّف چھُ قارئین کرامن ہُند مشکوٗر یمَو اکس جوان سال ناچیز طالبہ علمس سُند یہ نعت شریف قبول کٔرتھ پھیرِ پھیرِ پٔرتھ سعادت حاصل کرٕ ۔ خدا تعالیٰ کرِن تمن خیرِ دارین عطا ! "آمین"



گژھتہٕ ولو ولو واو لگھے! ونتہٕ از آنس ورس
اکھ پتھر پھویٹ چھ سوزان
یارسول اللہ سلام

—・—

گژھتہٕ ولو ولو واو لگھے! ونتہٕ میانس محرمس
بے کساہ اکھ ژٕ پریشان
یارسول اللہ سلام

—・—

گژھتہٕ ولو ولو واو لگھے! ونتہٕ میانس دلبرس
غمزدہ اکھ نالہ دیوان
یارسول اللہ سلام

اسماء السادات البدر

غنام بن اوسؓ - الفاکہ بن بشر - فروہ بن عمرو - قتادہ بن النعمان

محرز بن نضلہ - محمد بن مسلمہ - مدلاج - مرثد بن ابی مرثد - مسطح بن

گرهتہ ولی ولی واو لگھے! ونتہ هیانس ورولس
دادی لذ اکھ کریکہ لایان
یارسول اللہ سلام

گرهتہ ولی ولی واو لگھے! ونتہ محبوب حقس
عاجزاه اکھ ناد لایان
یارسول اللہ سلام

گرهتہ ولی ولی واو لگھے! ونتہ از عربی شہس
سایلا اکھ حال باوان
یارسول اللہ سلام

گرهتہ ولی ولی واو لگھے! ونتہ فخر عالمس
فاصلاه اکھ غون ہاران
یارسول اللہ سلام

اسماء السادات البدر

معن بن عدی رض - معن بن یزید - معوذ بن الحارث رض - معوذ بن عمرو
وهب بن ابی سرح - وهب بن سعد - هانی بن نیار رض - هبیل بن وبر

# نورِ ازل

بہٕ نعت شریف ییٚہ چھُہ مُصنّف ۱۹۵۸ءَس منز دربارِ رسالتس منز گُزرووُمت

---

اے مہرِ درخشانِ ازل از ہے نظر کر!
ہر ذرّ دِلک خستہٕ گومُت رشکِ قمر کر!

یَتھ کوہ تہٕ شرپن بارِ سمندر تہٕ گرھن غائب
اے بحرِ کرم تیوُت مے منز پادہٕ سنبر کر!

یُس جلوہ کُلیمس تہٕ کوہس بیٚیٹھ تہٕ عیاں گو
سُے گار مے دو! جادِ تیتھے نورِ بصر کر!

قصیدہٕ بُردہ از حضرت شیخ امام محمد شرف الدین البوصیری رحمۃ اللہ

آبان مولدہ عن طیب عنصرہ - یاطیب مبتدا منہ و مختتم
ان کی پیدائش سے ساری خوبیاں ظاہر ہوئیں - پاک انکی ابتدا اور پاک انکا مختتم

ہر ساتہ وچھتھ گاش سنگہ بالہ یمبک نن
سرچشمہ تتھے نورِ بونرت ہیون جگر کرہ!

ژُ سینہ جگر چاک سینی داغ للو چوش !
دوبار دوہ لالہ دِلن ہنز تہ بسر کرہ!

سر تل چھ گژھان آب منے وچھ وجھ چھ وزان لوِ
کم بایہ کھوچرہ کان جواہر تہ گوہر کرہ!

ییتھ عمر نون چانہ بر ج خاک نشینی
شاہا ! ژہ یوے جذبہ دلک وچھ ظفر کرہ!

پشِ خم تہ نکھس بارِ گناہ کنہہ نہ دوہم سنتی
بروہہ کن تہ سہل ہیانہ مہربانہ سفر کرہ!

ای بادِ شمار در مدنی . لوئے بر سان گل عذار مدنی

پیٹھ نارِ برہن منز تہ ہیوٚتم نامِ محمدؐ
اے لولہ یوٚہے یادِ محمدؐ مےٚ سپر کرٕ!

بُتھ بوزِ ونین جوہ لگن چشمہ ہو کھن لور
جانانہ! یمن دردِ لین تیوٚت اثر کرٕ!

برتل چھ ونن از ژےٚ غزل وقتہ یہ فاضل
یتھ کھوٚرِ ونس کالہ شبس از وتھہ سحر کرٕ!

---

## قطعہ

ژٕ چھکھ بتر آژ پیٹھ مہر درخشان
ژٕ چھکھ انسانِ کامل فخرِ انسان
چھ ظلماتس تہ حاصل چون پرتو
ژٕ سارنی گاش دارن دین و ایمان

---

الصلوٰۃ والسلام علیک یا نور اللہ المنبسط فی الخلائق ۔ الصلوٰۃ والسلام علیک

# آلو

یہ نعت شریف چھ مُصنفن مخمس نیرنہ ورزہ وونمت :

---

شأدی چھم وأون وونم گارأن یدینک یارٕ مے
دأدی بلی مے، غمن تہ زٲلے
خوش نبی مختارٕ مے

---

یس فدا چھے سوز عالم سُے مے گومت مہربان
اے خوشا قسمت عجب چھے
دل رچھان لدارٕ مے

---

چھم نظر ہمدوش خاور، دل محیط بیکران
یتھ دنس مولا سندس کوت
پے لبن اغیارٕ مے

---

تمی کورُم ذرٕس بیابان ، تمی کورُم قطرٕس بحر
تمی نظرِ موکلاوِنم تے
باوِ نم اسرار مے !

---

یاد چھم قالوابلیٰ چھس لوِ ئے مس تے الست
از ترٕحم ساقیٔ کوثر
کران سرشار مے !

---

روسیاہ اوسُس شہن عالمن خریدارٕ ی کرم
بینجر پاٹھۍ اتھ کُلفیس
پیٹھ چلیو وبا پار مے !

---

فاضلا ! اچھ گاش اونتم ہنز دلس گاہ ترونم
نور تہندے وچھ منور
از سپد گرٕ بار مے !

از سید غلام احمد صاحب قادری حسینی منطقی سجادہ نشین درگاہِ عالیہ قادریہ عالیکدل

# رُوٗ بہٕ رُوٗ

(یہِ نعت چھہٕ مُصنفن دربارِ رِسالتس منٛز حاضِری دِنہٕ وِزِ بہ چشمِ گریان وونمٕت)

عمرٕ ہتھ حاضر شۓ گو از دِل بہ دربارِ رسولؐ
عید چھم ازمیون قسمت گو طلبگارِ رسولؐ

مصدرِ جود و کرم یا مظہرِ صدق و صفا
منبعِ فیضِ اتم چھا یا یہ سرکارِ رسولؐ

معنیٔ شام و سحر: آئینۂ فرقان بدست
گیسوئے واللیل یا والضحیٰ رخسارِ رسولؐ

خال انجم، روے خورشید، مہ جبین، ابرو ہلال
حلقۂ ظلمات روشن گو بہ انوارِ رسولؐ

بسم اللہ الرحمن الرحیم والتین والزیتون ۝ وطور سینین ۝ وھذا البلد الامین

موے مشکیں، سنبل تر، لالہ روخ رشک گلاب
گلستاں در گلستاں نوک سر خار رسولؐ

پوشہ لوٹہ لو کور تبسم، ڈلنہ لوگ لوت لوت نسیم
عالمس پھلی گل بہار آو، از بگفتار رسولؐ

عرب و عجمک گاہ، دینک شاہ سون امت پناہ
ربّ اغفر ل امم، ورد زبان کار رسولؐ

عالمک شرمندِ تر، خستہ دل و جان خم کمر
امتک رسوا زدہ! فاضل گونہ گار رسولؐ

قطعہ

شبن منز زونہ تھاوم انتظاری ۔ گٹن اندر کرم اختر شماری
گزارم شب یتھے پاٹھی یا محمدؐ اچھو ہیانوونہ کر غفلت شعاری

از جناب فیضی سمبلپوری

وہ محبوب رب العالمین ہے ۔ امام کل شفیع المذنبین ہے حبیب رب شہ دنیا و دیں ہے ۔ وہ بیشک عرش کا مسند نشین ہے

# صلوٰۃ علیہ

اے صاحبِ اسریٰ و جود - نورِ مبین صبحِ نمود
معراجِ مومن حق نما
**صلوٰۃ علیہ دائما**

---

یتھ جایہ چونے جلوٕ ہیوٕ - تتھ جایہ رشکِ طور گو
ذرے مصدرِ نورِ ھُدیٰ
**صلوٰۃ علیہ دائما**

---

کیاہ زون تارکھ کہکشان - نورکی چھِ یم ادنیٰ نشان
افتابہ چون اکھ نقشِ پا
**صلوٰۃ علیہ دائما**

وما ارسلناک الا رحمۃ للعلمین وما ارسلناک الا رحمۃ للعلمین

تیرے راز ہست و بود جھکھ - تیرے شاہد مقصود جھکھ
امی یتیم : بالاسرا
صلوا علیہ دائما

تیرے زینت صبح و مسا - محبوب شان کبریا
تیرے شافع روز جزا
صلوا علیہ دائما

یاسین یا لولاک تیرے - بر سطح ارض پاک تیرے
تابان تر زن شمس والضحی
صلوا علیہ دائما

ہر وقتہ جاتی پڑھ بران - جن و ملک اہل جہاں
کون و مکاں ارض و سماء
صلوا علیہ دائما

یا اللہ یا رحمن یا رحیم - یا اللہ یا رحمن یا رحیم - یا اللہ یا رحمن یا رحیم - یا اللہ

بسم اللہ الرحمن الرحیم - (مناجات) از حضرت شیخ دہلوی : جد بلطفک یا الٰہی من لہ زاد

یس سپٹھ گژھان چھکھ مہربان ۔ تس ووو گژھان رمزِ قرآن

ژے کان گوہرِ بے بہا !

صلّوا علیہ دائما

قربان بہ کرہے دل تہ جان ۔ ژیٖنی پایہ نازس تل ونزان

صد چشمۂ آبِ بقا

صلّوا علیہ دائما

بو کیاز یتھ دلگیر چھس ۔ بو چون دامن گیر چھس

یوٚد پراوہ پاچونے رضا !

صلّوا علیہ دائما

فاضلؔ ! ہنے دِل خستہ گوٚمت ۔ پژ نتھ بہ زن چھس گل پیوٚمت

ہیکھنا خبر مے اکھ دما !

صلّوا علیہ دائما

# وِداخ

واو! عربی لالہ وچھتن، شالہمارن آسہ ہا!
ژور تھوومت دوہن اچھن منز نوبہارن آسہ ہا!

تس ہرس تل انتظارس پانہ اند روح الامینؑ
ہیتھ گوناہگارن ہندین ٹاٹھین اہارن آسہ ہا!

وُنی مے دِتی ہس ششنجہاتس تس نہ سہ پیچھم لوٗن
سالہ نیومت لالہ میون پروردگارن آسہ ہا!

درد سوزن پیالہ نک سنز کور فراقن طول کھیو
وہ ژھ بنا ہیانیش وداخن انتظارن آسہ ہا!

———

ویہرِ تھٔنزِ ے لولہ باغ سگوِم چمن تھوٚو مَس تیار
وِچھتہٕ آمٕت لالہٕ میوٚن سٔتی چارِ یارن آسہ ما!

سُہ ہلالِ عید چھُم! سُہ لالہٕ صُبحِ عید چھُم
کرٕ وچھن پے ماسنا کینہہ روزٕ دارن آسہ ما!

لولہٕ تھٔنڈے اوٚش وسان پانٕژادٕرٕو پانٕژادٕرٕو
یِژھ روانی زورِ شور یتھ آبشارن آسہ ما!

دِل دزان تے چشمہٕ لوسان تَس دوٚ یہے زاگے ہواں
داغدارن کانٛہہ شمارٕ انتظارن آسہ ما!

فاضِلا! جذبٕس اثر ہوٚلٕس کٔشش لولٕس وِصال
لورِیس گاران چھُہ سُہ اوٚرِ گاران آسہ ما!

ازحضرت امام المحدثین حضرت امام اعظم ابوحنیفہ نعمان بن ثابت رضی اللہ عنہ

یا سید السادات جئتک قاصدا | ارجو رضاک و احتمی بحماک
واللہ یا خیر الخلائق ان لی | قلبا مشوقا لا یروم سواک

# شبِ معراج

ہاوا! یہ شب نیر! ہسے ہا پھیر تئے گوژ تیر
تس پایہ بڈس شانہ بڈس برد یمن شیر

ہمراہ ژ تلکھ بادِ صبا زادِ سفر لول
تس خوا باگھس عطر و گلاب نافہ چھکن پھیر

تل سیتی ژ سنبل یاسمن و لالہ تہ نسرین
ہر طرفہ بصد شوق تمس کری ژ یمن ڈیر

لوت تلی ژ قدم جانہ! بصد عجز بہ تعظیم
وو تھ نیر! بہ وندے ژ و ژے پنن جیانہ ژود نیر

منت بہ کرے گرژھ بہ دیے سیتی ہا پمے بو
مجبور بہ اگر چھس تہ بہ یود چھس ہم سبھا زیر

ھود و یونس من بھاک تجملا | قد فقت یا طٰہٰ جمیع الانبیاء | و اللہ یا
و جمال یوسف من ضیاء سناک | طٰہٰ فسبحان الذی اسراک | فی العلمین

شری شن شتہ مارتنگ پیرئر



# اِنسانِ کامِلؐ

## رَحمۃ للعٰلمین صلعم

مہربانْ فخرِ گُلستانْ ۔ رَحمۃً اللعٰلمینْؐ
جَانْ کوتاہ جانِ جانانْ!
رَحمۃً للعٰلمینْؐ

سائِلَن کھیاوانْ تہٖ چاوانْ ۔ پانہٖ روزان روزِدارٕ
فاقہٕ گِی ہُنْد شکمہ نہٖ پاوانْ
رَحمۃً للعٰلمینْؐ

یا رحمن یا رحیم یا رحمن یا رحیم یا رحمن یا رحیم یا رحمن یا رحیم یا رحمن یا رحیم یا رحمن

چُھے پۆز ھس آرام تھاوان ۔ خرقہ وتھرن چھس تھوان
پانہٕ ہیٔز پیٹھہ ڈاف تراوان
رَحمَۃً لِّلعٰلَمِین

---

تھکھ دِوان یامتھ چھ ڈیشان ۔ بار دولہ سَرکہ پیٹھ
از ترحُم شانہٕ داران
رَحمَۃً لِّلعٰلَمِین

---

اُتھی ہسہٕ وُلی آکھ دوران ۔ پانہٕ روزَ نے مُنتظِر
دوہ تہٕ گُذران! توتہ بیاران
رَحمَۃً لِّلعٰلَمِین

---

یس نہٕ کینہہ چھے نالی آسان ۔ تس وَلان تن ژورِ پاٹھی
زنہہ تہٕ غارس چھایہ باوان!
رَحمَۃً لِّلعٰلَمِین

اللّٰھمّ صل علیٰ سیّدنا و مولینا محمد مداد کلماتک ۔ اللّٰھمّ صل علیٰ سیّدنا

اللّٰھمّ صل علیٰ محمد عدد السحاب الجاریۃ وما بین السماء والارض وما تمطر من

تس بچن ہندِ سخ چھُ پھیران ۔ رُوسی کُٹ یام بند وُچھان
پانہٕ ضامن تس چھ روزان
رحمۃ للعلمین

---

رحمتک پوز سایہ تھاوان ۔ پیٹھ یتیمن بیکسن
نابہ کارن تارہٕ تاران!
رحمۃ للعلمین

---

عالمس منز لوِر تھاوان ۔ پرتھ اکس ستی رُت سلوک
دشمنن تام دوس زانان
رحمۃ للعلمین

---

نا اہل : بے زان انسان ۔ کُنڈی چھکان تہنزن وتن
لوِہ ہردم پوش وتھران
رحمۃ للعلمین

از حسان ابن ثابت رضؓ و علامہ شبلی نعمانی مرحوم

بسم اللہ الرحمن الرحیم ۔ واحسن منک لم تر قط عینی ۔ واجمل منک لم

شجرہ خاندان نبوت: عدنان ۔ معد ۔ نزار ۔ مضر ۔ الیاس ۔ مدرکہ ۔ خزیمہ ۔ کنانہ ۔ نضر

فائیدٕ چ کُتھ بوزِ ناداں ۔ جاہلن چھے بارٕ بارٕ
ناسہ تراسن فکرِ تاران
رحمۃ للعلمین

یُس دوا تس نِشہ چھ ژھارُن ۔ تس ییہِ ناداں اوٗر تہٕ دوٗر
زِندگی ہُشہ جام چاوان
رحمۃ للعلمین

آدمس چھے یاد پاوان ۔ پھیرِ پھیرِ "قالو بلٰی"
وعدٕ کوٗرمُت پالہِ ناداں
رحمۃ للعلمین

**فاضلا!** رو ڈھمبی بناوان ۔ شیر و شکر پانہٕ وانی
پوز محبت باگراوان
رحمۃ للعلمین

بسم اللہ الرحمن الرحیم ۔ ہزار بار دہن پر کنم از مشک و گلاب ۔ ہنوز نام تو گفتن
دو سنبل یا دو لالہ یا دو نرگس سہ نوعی گل از یکصورت کہ دید است ۔ رفت

# شانِ معراج

از لاله سونے جنتکی درواز مژراوان
از لاله سونے کوثرس پیٹھ پیاله برناوان

از شادی لوکن عید ملکن آسمانن چاو
از لاله سونے پانه حورن سور برناوان

عالم چھ توشان وگنه ونه وان پریه وایان ساز
از لاله سونے شادی بانگ سنز چھ کرناوان

گے رحمتکی درواز وتھی گو فیض و برکت عام
از لاله سونے بخشنکی سامانه کرناوان

وچھ آسمانن نور دروازن دریچن لوله سان
از لاله سونے فاضلس کیُت سیٹھ جرناوان

# دیدارِ صاحبِ معراجؐ

ازٕ چھ وُچھمت آفتابن روے چون
یا رسُولَ اللّٰہ! سہ عالَم گاشران!

ازٕ چھ وُچھمت ماہتابن روے چون
یا رسُولَ اللّٰہ! توے چھے گتھ کران!

ازٕ چھ وُچھمت کہکشانن روے چون
یا رسُولَ اللّٰہ! ستارن مان مان!

ازٕ چھ وُچھمت آسمانن روے چون
یا رسُولَ اللّٰہ! کرِتھ چھے سایُبان!

من کلام حضرت سید محمد امین اویسی منطقی قادریؒ

از چھ وُچھمت صُبحگاہن روے چون
یا رسول اللّٰہ! اَفِ ظُلمت گٹان!

از چھ وُچھمت خوش ہواوَن روے چون
یا رسول اللّٰہ! سہ شبنم باگران!

از چھ وُچھمت گلستانن روے چون
یا رسول اللّٰہ! چمن عنبر فشان!

از چھ وُچھمت پاک ذاتن روے چون
یا رسول اللّٰہ! اَفِ گو مہربان!

از چھ وُچھمت فاضلن گل روے چون
یا رسول اللّٰہ! نہ جامن منز وِشران!

# نامِ محمدؐ

مے ہیوٗت منز مشکلن نامِ محمدؐ !
مے کر آسان ذاتن زندگانی

مے ژھوِ والیل ہویکی ٹھرِ حضورن
چھ اَتھی منز ہیبانہٕ شوقچ کامرانی

خوشا قسمت تمِس شاہس برس تل
ستارن ہیوٗل اِذن پاسبانی

نہ فوارس، نہ سروے باغبانس
چھ پکنس شاہِ لولاکیؐ روانی

زبانس رنگ بوٗرہ اُمی یتیمنؐ
شکر لب لالہٕ سٕنز شیرین بیانی!

---

# جانِ بہارو!

ای کعبہ صفت! اخرقہِ سیاہ پوش قدم تُل
تھو بُرد یمن ازتہ ژِ برہ دوش قدم تُل

أچھ لوسہ یمبرزل چھ وَنن جانِ بہارو!
موروش! ہے موروش! ہے موروش! قدم تُل

تارکھ چھ ہتھ، اوبرلو نگس ژھایہ شونگتھ ژُون
خوابیدِ ژِ عالم تہ چھ خاموش قدم تُل

لولن ہے کڈم ژھٹھ تہ دِلس ہور لوگم نار
یِم لولہ تیو زگل پیم تتی جوش! قدم تُل

دُشمن تہ دِین فاصلہ از گوی ژِ ے مہربان
دِلدارہ ہے موکرژِ فراموش قدم تُل

اللھم صل

اللھم صل علی صاحب الکرامات اللھم صل علی صاحب العلامات اللھم صل علی صاحب

# خیرُ البشر صلعم

رسولہٕ موصمہٕ طاعت گذارٕ !

چھُ خاصُ الخاص بندٕ باوقارٕ!

جلال و جاذبیتہٕ حُسنِ تقویم!

یہِ کیاہ صوٗرت گری! پروردگارٕ!

بشر! خیرُ البشر! انسانِ کامِل!

نہ چھُس بجرس نہ چھُس وصفن شمارٕ

کرِتھ ہیوٗک ہمسری ہیٚیانہٕ اچھن سِتی

نہ کھٕنہٕ پانتژادرٕ دریا نہ آرٕ

مےٚ حاصِل عمرِ ہنٛد معراج فاضِل!

تعالیٰ اللہ! چھُ شوقس اعتبارٕ!

بسم اللہ الرحمٰن الرحیم اقرأ باسم ربک الذی خلق خلق الانسان من علق

یا صادق یا صادق یا صادق یا صادق یا صادق یا صادق یا صادق یا صادق یا صا

## وَالصُّبح رویا!

وَالصُّبح رُویا! نُور جانج چھم لادن تائے
یم لال جبرہ ہے! چشمہ وندہے دوہن پادن تائے

چھم ہول چپنے! چھکھ زراوّل ٹرے آدن تائے
بو زار دنہے! وارہ کن تھو فریادن تائے

چھے شان بالا! ہون عرشن دلشادن تائے
طوبےٰ قدس بچھ گنتھ ٹرے کرینے شمشادن تائے

شاہا! دہربان وچھنہ کوتاہ چھکھ سادن تائے
اَسی دید گریان! انتظارس چھی وادن تائے

اَہار چانے رودی سارِی بیٹھ وادن تائے
حاصِل امی سِی نور ایمان گو جادن تائے

—·—

اللّٰھمّ صَلِّ

اللّٰھمّ صَلِّ علیٰ صاحبِ البرہان اللّٰھمّ صَلِّ علیٰ صاحبِ التاج اللّٰھمّ صَلِّ علیٰ



(رۄف)

ژے ہۄنی لالہٕ کرہے دایہ تونے
بہٕ وَندہے زُوٕ ژٕہ یلہ صاسالہٕ سونے

بے زانس زانہِ دِتھ ہِ عرفان دِتمتھ
مے ژیٕ نش دین تے ایمان زونے

کرے قربان ژیٕ آسُن نہ آسن
پنن وآریو پنن ہالیون تہٕ کرونے

ژے کور تھم خوبہ سیتی صحرا گلستان
بہٕ کرہے رۄشہ رۄشے پوشہٕ تونے

از حضرتِ صدیقِ اکبر رضی اللہ عنہ۔

از سیدنا صدیق اکبر رض۔ لما رأیت نبینا متجدلا۔ ضاقت علی بعرضهن الدور۔ وارتعت روعة
فلیت بعد الحبیب وفقد الحبیب ۔ وزین المعاشر فی المشاهد ۔ فلیت الممات لنا کلنا۔ وکنا جمیع

قمر ژٕے، صاحبِ شق القمر ژٕے
نظرِ کرم، ہے ژٕہاہم زُونہ گرونے

وُچھتھ یوسف تہٕ چھے اونگشت بدندان
حُسینہ چھاکھ! عجب چھاکھ نونڈ بونے

یہمنا! از وتن بو حشمہ وتھرے
گژھم بیدار قسمت ڈیکہ لونے

ہے پرژھنے زندگی ہندی پیالہ برو تھم
یہ چھم شفقت، یہ چھم احسان چونے

فراقکی نالہ دتھ فاضل ندا گو
ژٕ چھکھ میونے، اژٕ چھکھ میونے، اژٕ میونے



از حضرت حفیظ جالندھری

سلام اے آمنہ کے لال اے محبوب سبحانی سلام اے فخر موجودات فخر نوع انسانی
تری سیرت ترا نقشہ ترا جلوہ تبسم گفتگو تیرہ نوازی خندہ پیشانی

# یا رسول اللہؐ

چانہٕ روٗے چ ، چانہٕ نوٗرٕ ہٕنٛز چھہ ظلماتس تہٕ آتش
چشمہٕ وَنٛدہٕ ہے ! یا رسول اللہؐ ! چھُہم دیدن ہنٛگاش !

انتظارس منٛز ہیٚے لوٗسم زندگی ہنٛد آفتاب
چشمہٕ وَنٛدہٕ ہے ! یا رسول اللہؐ ! ہیٚے ماگو عمر ناش !

دِل تہٕ شَل چھُم نیم بسمل ۔ پھوٗر تہٕ ہوٗر چھُم نیم جان
چشمہٕ وَنٛد ہے ! یا رسول اللہؐ ! زوٗس چھُم ارتعاش !

لولہٕ زخمن لوٗن پیوو ۔ بے حد فراقن طوٗل کھیوو
چشمہٕ وَنٛد ہے ! یا رسول اللہؐ ! ہِکہ گو پاش پاش !

لوٗزی لوٗزی صُبحن تہٕ شامن قاضلنی لوٗکی وبداخ
چشمہٕ وَنٛد ہے ! یا رسول اللہؐ ! تو رنجیدہ مہ باش !

بسم اللہ الرحمن الرحیم یٰسٓ والقرآن الحکیم انک لمن المرسلین
فھم لا یبصرون وسواء علیھم ءانذرتھم ام لم تنذرھم

فقالوا انا اليكم مرسلون - قالوا ما انتم الا بشر مثلنا وما انزل
المرسلين اتبعوا من لا يسئلكم اجرا وهم مهتدون

# دُرِّ يتيم

حِجازي لاله سونهن بي مثاله!
تمس هئو بيا کهه ڪانهه ڇا لايزاله!

شهه لولاڪ آسهه انڪساري
به گو آسن مهربان ذات باري

سه مجبورن يتيمن بي ڪسن هنه
مرابين مومنين لاوارثن هند

ڪران سائل صدا دامن بران تس
اگر فاقي وڃهس کهياوبس نه چاوبس

کران بیچارٕ لوکن چارٕ سازی
بہٕ شفقت دشمنن مہمان نوازی

ضعیفن ہُند نکھصن ہیٚچھ بوٗز ساران
مُصیبت ییش تمس ہیٚچھ پان ماران

تمن یاور یمن ہُند کینہہ نہٕ آسان
تمن مُشفق یمن چھے دل پریشان

کران لوکن ہڈن ہنز دل نوازی
خرابن ناسہٕ تراسن پیٚٹھ نہٕ راضی

زٕ تھوٚو بے وایہٕ سوٗن روٗپ تس امانت
سُہ گوٚ بیٚیمی کرنہٕ زنٛہہ چیزن خیانت

من جند من السماء وما کنا منزلین ۔ ان کانت الا صیحة واحدة
وفجرنا فیها من العیون ۔ لیاکلوا من ثمره وما عملته ایدیهم

اَزاں صبا مِن تِمَن سیم زالہٕ لگومتی

تِمس نِش پیٚشی تہٕ اِنسان جان تےٚ رِتی

یِمہٕ دِتس کوچہٕ کوچے بارہٕ کُنڈی چھیکی

تِمن تِمی پوشہٕ وَرشُن کورتہٕ بُرقہٕ پکی

کَرُن شَقّ القمر گو اَکھ اِشارہ

تِمس چھا مُعجِزاتن کہنہ شُمارہ

شہادت دِژ تِمو تام یِم چھ بے جان

کَنِین زِلو آیہٕ کُلّی تام آے لارِان

سُہ اُمّی ! شان چھس دُرّہٕ یتیمی

وَندِس زُو فاضِلا ! اَبّی وَ اُمّی

سابق النہار وکل فی فلک یسبحون ۔ وآیۃ لہم انا حملنا ذریتہم فی الفلک المشحون ۔ وخلقنا لہم من

اطعمہ ان انتم الا فی ضلل مبین ویقولون

# شہ لولاکؐ

شہہِ لولاکؐ باعثِ کُن فکانک
سُہ اوّل چھُ سُہ آخر چھُ جہانک

شہہِ لولاکؐ میہمان لامکانک
سُہ یوٗژمُت ، گوڑمُت چھُ کأینانک

شہہِ لولاکؐ روشن دلِ قرآنک
سُہ نبیٖن ؑ ، مرسلن ہُند گاشہ تارُک

شہہِ لولاکؐ معنیٰ گُلستانک
سُہ چھُ جان و جگر بادِ بہارُک

شہہِ لولاکؐ سوز و ساز جہانک
سُہ چھُ روحِ رَواں انسانی خاکُک

ان کانت الا صیحۃ واحدۃ فاذا ھم جمیع لدینا محضرون
ان لا تعبدوا الشیطٰن انہ لکم عدو مبین - وان اعبدو

# حُسنِ مجسّم

بہ وَندہے جان و دِل وَالصّبح رویس

مُعطّر! عنبریں! وَالّیل مویس

بہ وَندہے پان اتھ طوبےٰ قدس پتھ

فدا گا متی بشر جن لچھ ہزار ہتھ

بہ وَندہے لال اتھ طٰہٰ جبینس

حُسن ہتھ، گاش ہتھ زیبا قرینس

بہ وَندہے اچھ یمن مازاغ چشمن

یمے ڈیشتھ چھ رٹی متو ون غزالن

ولو نشاء لمسخنهم علی مکانتهم فما استطاعوا مضیا ولا یرجعون

ولهم فیها منافع و مشارب افلا یشکرون . واتخذوا

بہ وندہے رُخ پنُن شرتو گلابن
یمن تر نرگسن ، غنچن ، گلابن

بہ وندہے رُم باتُرے چھی ابروے خمدار
پیامِ عید! سو یوسن تِر دلدار

بہ وندہے سر یمن دون پایہ نازن
یمے منزِل سجودن تے نمازن

بہ وندہے زد باتر چھُکھ حُسنس اندر کُن
ترے لگتن آے میون آسُن نہ آسُن

بہ وندہے زندگی چانس وجودس
یوہے باعث سپن فاضل سرودس

انشاها اول مرة وهو بكل خلق عليم الذي جعل

# پاک ذات

آفتابن رُٹ زانوارِ نبی نورچ برات
پی سببٕ چھُے تا ابد گوہرٕت منوّر کائنات

ساسہ بدی عالم وجود گے بہ حرفِ کُن نمود
پوشنون رُود سارنے منز نماش تمی سند پاک ذات

کوہِ طورس پیٹھ کلیم اللہ وچھِم خرس وَنان
سون عربی لالہٕ چھُے سرچشمہٕ آبِ حیات

ماسوا اللہ! ماسوا اللہ! یوژ کینہہ ما آسہا!
تہندہ باپتھ پادٕ گے لوح و قلم تے دوہ تہ رات

فاصلا! سرتے چھُنی خم تے لگی زبو تے کلی
زنہہ تہ ناپیدن اداتمی سندی کمالات و صفات

اللھم اعط محمدا الفضل والفضیلة والشرف والوسیلة والدرجة الرفیعة
اسقنا من کاسہ غیر خزایا ولا نادمین ولا شاکین ولا مبدلین ولا مغیرین

# اَللّٰہ اَللّٰہ

مہربانہ کوتاہ ژہ جان اَللّٰہ اَللّٰہ!
ژہ جانِ جہان مہربان اَللّٰہ اَللّٰہ!

تبسّم کر کھنا! پھولن گل تہ گلزار
بنن خارزار گلستان اَللّٰہ اَللّٰہ!

ژرے بیٹھ بیٹھ نظر تراؤ تھم کیمیا گو
ژرے نش میز بنان زرفشان اَللّٰہ اَللّٰہ!

ژہ شمعِ ہدایت، ژہ نورِ تجلّی
ژہ سرچشمۂ کہکشان اَللّٰہ اَللّٰہ!

(من تصنیف حضرت شیخ بابا داؤود خاکی رحمۃ اللہ علیہ)

بلند چھے مقام زینہ عرش معلےٰ
کھورس تل ژُرے چھے آسمان اللہ اللہ!

ژُرے طٰہٰ اجبینس تہ والشمس روئیس
لیکھتھ زن چھ سورتے قرآن اللہ اللہ!

ژٕ شاہ عرب چھکھ ۔ ژٕ ماہ مدینہ
ژُرے زیر نگین لامکان اللہ اللہ!

ژٕ میون دین وایمان ۔ ژٕ میون زو ۔ ژٕ میون جان
بہٕ ژٕ پیٹھ بلاشک مران اللہ اللہ!

یہ فاضل نہا اچانہ کوچک گدا اگر
گدا گر چھ رشک جہان اللہ اللہ!

از حضرت جامی رحؒ

من شمع جانگدازم تو صبح دلکشائی سوزم گرت نہ بینم میرم چو رخ نمائی

# تعوفل گو

تعوفل گو! اتر گو! بوڈ خطا گو
یہ سورے گو! یہ سورے ناروا گو

زبانی پیچھ گفتگو، دین نفس مضمون
قرآنس نش، اما! دِل بے وفا گو

خدا اتراوتھ، ہینن نش عمر لرتھ کھنتھ
پوتس وون، بس خدا آخر خدا گو

وفا کور نفس امارس وفا کور
ژے کن پھیر، یا محمدؐ! اتھر-دعا گو

چھ چانس شفقتس بلیھ آش کنی آش!
رضائے حق، فقط چونے رضا گو

از حضرت جامی رہ

نعت شریف از ملا عبدالرحمان جامی: بی حبیب عربی مدنی قریشی کہ بود درد و غمش

بلغ العلیٰ بکمالہ کشف الدجیٰ بجمالہ حسنت جمیع خصالہ

# رحمۃ اللعٰلمینؐ

عالمک مہرِ درخشاں رحمۃ اللعٰلمینؐ
کائناتک ماہِ تاباں رحمۃ اللعٰلمینؐ

یارِ حق، دلدارِ حق محبوبِ حق منظورِ حق
دلبرِ حق، شاہِ خوباں رحمۃ اللعٰلمینؐ

کوثرس پیبھہ آسہ پیارانِ امتس کھاسن بران
آبِ کوثرِ چاوِ ناوان رحمۃ اللعٰلمینؐ

جاہلتے دیاوان علم تے ناسہ تراسن گاڈہ عبار
زانتی ہنداہس باگراوان رحمۃ اللعٰلمینؐ

کنڈی بناوان غنچہ رو پوشن دالسے رنگ و بو
فاضلا! زیبِ گلستاں رحمۃ اللعٰلمینؐ

از حضرت شیخ سعدی رح

اللّٰھم صلّ علیٰ محمّد وعلیٰ آلِ محمّد کما صلیت علیٰ ابراھیم وعلیٰ آلِ ابراھیم انک حمید مجید

# آفتابِ کائنات

اے آفتابِ کائنات ۔ نورِ جبینِ شش جہات
دِکھنا تہ از نورِ ج برات
صلّوا علیہ دائما

بیٹھ پلیٹھ نگاہِ آنجناب ۔ تنتھ ہیڑ تہ رشکِ ماہتاب
یا لیتنی کنت تراب
صلّوا علیہ دائما

یاسین لقب طٰہٰ جمال ۔ حٰم ازچھکھ حسنِ کمال
انسانِ کامل، بے مثال
صلّوا علیہ دائما

از حضرت جامی رح

جہاں روشن است از جمالِ محمدؐ دلم تازہ گشت از وصالِ محمدؐ بوصفِ محمدؐ

ذاتن ژے دِژنے برتری ۔ اُمی صِفت آنسر وری
پُری متھ فِدا اتھ ان پری
صَلّوا عَلَیہِ دَآئِما

— - —

چھےٚ معجزاتن منز بجر ۔ زیر نگیں چھےٚ خشک و تر
شق القمر نطق الحجر
صَلّوا عَلَیہِ دَآئِما

— - —

میانس دِلس منز جا گُزین ۔ میانین اچھن ہُند چھُکھ مکین
ژے حاصِل دُنیا و دین
صَلّوا عَلَیہِ دَآئِما

— - —

ژے فاضلس اچھ گاش چھُکھ ۔ ژے عالمس نو آش چھُکھ
ژے آش تے پرا گاش چھُکھ
صَلّوا عَلَیہِ دَآئِما

از حضرتِ قُدسی ایرانی رح

مرحبا سید مکی مدنی العربی دل و جان باد فدایت چہ عجب خوش لقبی

# آخرِ منزِل

چانہِ بَرتَل بُجر کُلس وٲصِل بَنیوو
ذرہِ خاکک ہتھ مہِ کٲمِل بَنیوو

ویرِ چانے زِندگی نو آش لَب
چانہِ ارمانک مُجسّم دِل بَنیوو

چانہِ حُسنک پوشِون اَکھ پَرتَواہ
میانہِ عِشقُک آخرِی منزِل بَنیوو

قُلزمُک گرِداب یِلہٕ آخرِ میٚے کیُت
عِشقہٕ طوفانس اَندرہ ساحِل بَنیوو

سونہٕ کرِان اُلفت بَناوان کیمیا
کُشتہٕ گَژھہٕ گژھہٕ لولہٕ ہوت فاضِل بَنیوو

ـــ . ـــ

از حضرت امام بوصیری رحـ

محمد سید الکونین والثقلین والفریقین من عرب ومن عجم

# رسول اللہؐ

رسول اللہؐ چھ یاوسن دلس آش
رسول اللہؐ چھ ظلماتس گٹن گاش

رسول اللہؐ چھ خوش طاعت گذارن
رسول اللہؐ چھ ڈوکھ ایماندارن

رسول اللہؐ تسلّی روزہ دارن
رسول اللہؐ تشفّی شب بیدارن

رسول اللہؐ چھ ہمّت کمِ نصیبن
رسول اللہؐ چھ شادی غم نصیبن

از حضرت شیخ یعقوب صرفی رحؒ

سید عالم سند عالمین جاء الینا بکتاب مبین اکمل من جاء الیہ

رسول اللہؐ رحمک راحت زوک سوز
رسول اللہؐ شولک تسکین دلافروز

رسول اللہؐ گوناہگارن نگہبان !
رسول اللہؐ سیدن سادن مہربان !

رسول اللہؐ سیاہ کارن رچھن لاج
رسول اللہؐ زنین بندن کلس تاج

رسول اللہؐ غریبن ہنز چھ دولت
رسول اللہؐ امیرن ہنز چھ ثروت

رسول اللہؐ نبس پیٹھ ناہ کامل
رسول اللہؐ درخشاں جان فاضل

از حضرت احمد جام رح

بسم اللہ الرحمٰن الرحیم۔ اے صدر ایوان رسل فے شمع جمع انبیاء خورشید برج سلطنت

# روٗے محمدؐ

اَفتابہٕ تھبکَن زوٗنہٕ ہیٚے وُچھ روٗے محمدؐ
شَب روز چُھ اَوٕے کَعبہٕ تُمس کوٗے محمدؐ

اے بادِ صَبا! تلتہٕ سِمَن پوشنہٕ تھَرِن دیوٗر
وُچھ کانسہٕ گُلَس نیٚر اَگر بوٗے محمدؐ

گُفتارِ شکر: آبِ حیاتَس ترٕ اَمیک لوٗب
وُٹھ میٹھی تہٕ زبان ترٕ تہٕ ہوٗد رخوٗے محمدؐ

وَاللّیل صِفت زُلفِ عَنبَر شانِ شَبِستان
گیسوٗ یہٕ دَرخشانِ سُنبُل موٗے محمدؐ

فاضل ژٕ یِمن دَرد لَین کُمی سہٕ اَثر دیُت
یِم سوٗزِ بَرتھ نالہٕ گَمتی سوٗے محمدؐ

از حضرتِ اقبال رح

---

معنی بحر وغم کنی تحقیق اگر بنگر عیاں بادہ صدیقؓ اگر قوت قلب وجگر گردنیؐ

اللّٰهمّ صلّ وسلّم علیٰ محمّد خیر اهل العلم و اهل العقل و اهل الخبر خیر اهل التقا و خیر اصحاب الصفّة

# تمنّا

بہ وچھہت! دورِ نحوے یادِ موٗلے!
مےٚ کرہٕ ہم بارٕ صاحب مہربانی

بہ وچھہت! پور گاشمس والضحیٰ!
مےٚ وُہم لوٗسہ پادن کامرانی

بہ وچھہت! پیٚشنہٕ وقتن انہ صف آرا!
مےٚ پیہٕ ہم چوٗن پرتو ناگہانی

بہ وچھہت! دِگرِ سےٚ زیبِ مصلّےٰ!
ہےٚ بنہٕ ہم ازٕ ترےٚ نشی قربِ مکانی

از قوامؔ

از مفتی محمد قوام الدین مفتی اعظم۔ علا هذا النبیّ فوق السماء۔ وام حقیقه بالانبیاء۔ فقال الرسل
فیک یا مختار اشفی۔ وفضلک قد تقدم للبریه۔ رسول الله حی المدینه انار السنه

بہ وچھہٕت ! شامہٕ ژھائے مشدِ نیرانٛ!

مےٚ مشہٕہم سرو آزادٕ چھٛ رَوانیٛ

بہ وچھہٕت ! شامہٕ پتہٕ محشر خرامانٛ!

مےٚ ہیہم خستہٕ ارمانٛن جوٗانیٛ

بہ وچھہٕت ! تارکنٛ منز جلوٕ فرما !

مےٚ پھوٚلہم دِل تہٕ گرٛزِ ھیٚہم شادمانیٛ

بہ وچھہٕت ! کہکشانس سیر باوانٛ!

مےٚ گنہم کلٛ تہٕ بڑہم رازدانیٛ

بہ وچھہٕت ! زوٗنِ تلٛ زنٛ مہرِ تابانٛ!

مےٚ گرِ ھیٚہم تارکنٛ ستی ہمزبانیٛ

از حضرت شیخ دہلوی رح

خسف القمر بجماله عجز البشر بکماله نطق الحجر بجلاله صلوا علیه وآله

بہٕ وچھہٕ ہٮ۪ت! ارزٕ منزٕ زٕنٛ برقِ سینا!

ہٮ۪ے ننٕہٕہم پاکِ ذاتنیٖ لن ترانیٖ

بہٕ وچھہٕ ہٮ۪ت! زیرٕ زٕنٛ فرقاں سرٲپا!

ہٮ۪ے بنٕہٕہم رُوحِ قرآن یارٕ جانیٖ

بہٕ وچھہٕ ہٮ۪ت! بانگہٕ وقتٕنٛ شولہٕ بارانٛ!

ہٮ۪ے سنٕہٕہم وارٕ پاٹھٕنٛ گارٕ جانیٖ

بہٕ وچھہٕ ہٮ۪ت! گاشہٕ گاشے ذرِ گُلستانٛ!

ہٮ۪ے کرٕہٕہم اچھٕہٕ گُلنٛ ہنزٕ پاسبانیٖ

بہٕ وچھہٕ ہٮ۪ت بار بار والصّبحِ رُویا!

ہٮ۪ے ہٕرٕہم شاعری گوہر فشانیٖ

از حضرت خسروؒ

اے چہرۂ زیبائے تو رشکِ بتانِ آزری ہر چند وصفت میکنم در حسن زاں زیباتری

# انوارِ محمدیؐ

اُچھن منز ہے نے آسہ نورِ محمدؐ

ہے ہیو اوّن زہانس اندر آسہ ما کانہہ!

بہ نامِ محمدؐ شفایاب عاشق

بیمارس تمس ہیو نہ دادِن دوا کانہہ!

کرِتھ بس صدا گو نہ دامن برتھ آو

تمس نش پوان چھا ژھوٗرے بنوا کانہہ!

کمس اُچھ رلاو عمرِ مازاغ چشمو

تمس ہیو وو تھیا در جہاں باحیا کانہہ!

بےٚ مایو چھہ وونمت سہ دُرِّ یتیما!

تمس ہیو نہ فاضل! گہر بےبہا کانہہ!

والسماء والطارق

۵ ذی قعدہ الحرام ۱۲۱۹ھ میں رحلت کر گئے ہیں۔ یہ جلیل القدر مفکر حضرت شاہ ولی اللہ محدث دھلوی کے ہمعصر تھے۔ ان

# جمالِ محمدؐ

جمالِ خدا اچھے جمالِ محمدؐ
جلالِ خدا اچھے جلالِ محمدؐ

درخشاں سپدی از ابد گے منور
مہر، ماہ و انجم زخالِ محمدؐ

نبس بیچھ چھ خیر البشر ماہِ کامل
درخشندہ تارکھ چھ آلِ محمدؐ

سہ رشکِ خضرؑ، ابنِ مریمؑ تہ یوسفؑ
زمانس اندر چھا مثالِ محمدؐ

از شیخ الاسلام حضرت قوام الدین صاحب اول ۱۲۱۹ھ

امن تصور خیلان لذی زلم۔ اقمت طور شہیقا مالیا بدم۔ امادبر العیس طلقا

ثنا خوان تمس چھی ملک جن تہٕ انسان
چھ کارِ حسن : قیل و قالِ محمدؐ

خدایا ! تہٕ مرحوم کرہٕ سانٛی امت
بسر گو غمس منز وصالِ محمدؐ

بروزِ جزا امتس کر خلاصی
خدایا ! یوہے اکھ سوالِ محمدؐ

ابوبکرؓ و عثمانؓ و فاروقؓ و حیدرؓ
حسینؓ و حسنؓ خوش خصالِ محمدؐ

صنم زور دِن نعرہ اللہ اکبر
تہٕ فانیل جگر کر بلالِ محمدؐ

عزیز رؤف

اشرف البدر علینا من ثنیات الوداع وجب الشکر علینا ما دعی للہ داعی - اللھم صل علی محمد
چاند نے طلوع کیا کوہ وداع کی گھاٹیوں سے ہم پر شکر واجب ہے جب تک دعا مانگنے والے دعا مانگیں

# چانہِ ستی

اے شہہ لولاک! قائم اکھ جہاں گو چانہِ ستی
اکھ جہاں گو اکھ جہاں! نوٚن لامکاں گو چانہِ ستی

یم چمن پھولہن نہ باغن شاد ناگرہن نسیم
رشکِ جنّت عالمک پرتھ گلستاں گو چانہِ ستی

کوہ بیاباں مرگہ میدان زون تارکھ آفتاب
گو زمیں روشن منوّر آسماں گو چانہِ ستی

آبہِ رکھ اوسُس روانی کنہِ سنبر اوسُم نہ کینہہ
ووٚنی مے اکھ اکھ قطرِ بحرِ بیکراں گو چانہِ ستی

یتھ مقامس پیتھ مے زونم فقرِ فخری کتھ وپان
فاضلا! انتھ شاہ وانتھ سوٚن بناں گو چانہِ ستی

(یہ تصنیف بانیِ مسلمانی حضرت امیرِ کبیر میر سید علی ہمدانی رح (ماخوذ از چہل اسرار)

ای شدہ نور خدا ازمہ روی تو پدید جرم انلشکہ دریں عید مہ روئی تو دید بحرابات ...
وحدہٗ سبحان اللہ سبحان اللہ الحمد للہ الحمد للہ اللہ اکبر اللہ اکبر سبحان اللہ الحمد للہ اللہ اکبر

# یا رسُولَ اللہ

ژٕ چھکھ سارِۍ خدائی ہُنٛد۔ مکرّم یا رسُولَ اللہؐ

مُجسّم پارسائی ہُنٛد

مُعظّم یا رسُولَ اللہؐ

— - —

تمنّا قاب و قوسینس۔ ژٕ بکھنا ہَل ژٕلیم سینٛس

فدا گے گرد نعلینس

ژٕ ے کم کم یا رسُولَ اللہؐ

— - —

ہے رانٛس و الضُّحیٰ پری پری۔ اماپکٕ ژانٛگی روشن کری

تُلنٛتھ و اللّیل ہو ٹکی کھٹری

ژٕ آہم یا رسُولَ اللہ

— - —

اللھم صل وسلم وبارک علی من ھو لظھورہٖ لایحتاج الی التسمیہ

اللہ اکبر اللہ اکبر اللہ اکبر اللہ اکبر اللہ اکبر

سَنبر چانِن کتھن سوٚخنَن۔ پرٛتھ حکمت ژرٛے چھے لفظَن
ہرَن چھِ کتھ کرَن فنَن
ژرٛے کوٚسمَ یا رسوٗلَ اللہ

بِموٚ چھیکی گنڈی وتن چانِن۔ دِنگھ نشتر دِلَن سانِن
شُمارہ چھا چھو کَن میانِن
ژٕ مرہم یا رسوٗلَ اللہ

ہےٚ اَز تام آہ تہٕ اوٚش ماٹھوٚک۔ اُچھو مَنزی آبشارہ پوٚک
ہےٚ لاگِنھ زَنٛ بہارَن چھوٚک
پہٕ شبنم یا رسوٗلَ اللہ

سبھٹا غفلت ہےٚ نادانش۔ گیم فاضل ہےٚ نبرٛ انس
وُنہہ روزہم تا ابد پانس
لوٚہے غم یا رسوٗلَ اللہ

(خواجہ الطاف حسین حالیؔ)

ای خاصۂ خاصانِ رسل وقتِ دعا ہے امت پہ تیری آ کے عجب وقت پڑا ہے

# بَہ تہٕ زٕ

ژٕ ےٚ دِیتھَم زآنیٚ ہُند میخانہٕ نبیٚ لوٚ!
ہےٚ نا تووٚگ چھوٚن! ہےٚ نا اوش بآنہٕ نبیٚ لوٚ!

ہےٚ بوٚز دامَن پَنُن پوٚتچھوٚ! ہےٚ کیاہ کوٚر
ژٕھنم ترآوِتھ ہوٚ لِلہِ دُر دانہٕ نبیٚ لوٚ!

ژٕ ےٚ کوٚرتھَم آیہِ آیےٚ یاد قُرآن!
ہےٚ ژٕھٕن مُشرتھ نوِی انمانہٕ نبیٚ لوٚ!

یِموٚ نِش پانہٕ دوٚپتھَم دوٚر روزُن
ہےٚ کوٚر پرٕژھنےٚ تِمَن یارانہٕ نبیٚ لوٚ!

حالی مرحوم

جس دین کا تھا فقر بھی اکسیر غنا بھی اس دین میں اب فقر ہے باقی نہ غنا ہے عالم ہے

ژرے بوٗتھ نَخُن اَقرب ۔ ہے! اَباپوز
مےٚ روٗٹ زیچھن کُنھَن داماںہٕ نبیؐ لو!

مےٚ گرہِ زانٛتھ تہٕ ماٰنِتھ پٔنٛنہٕ باپتھ
اَصل ترٲوِتھ کھوٗٹس ساماںہٕ نبیؐ لو!

ژھوٚچن آساں وَتَن ہُند نیب دِیُتھَم
مےٚ لوگُم ہے! اتھمَن بیگانہٕ نبیؐ لو!

بناوِتھ پٔنٛنہٕ باپتھ نوٚی پوتلی گوس
دوپُم بےٚ زانہٕ! اَبس بےٚ زانہٕ نبیؐ لو!

چھُ کاٗفی فاضلس فوٚرمان چوٚنے
کمی اَتھ منٛز نہٕ چھےٚ اَکھ دانہٕ نبیؐ لو!

اَللّٰھُمَّ صَلِّ!

اللّٰھُمَّ انی اذا توسلت الیک بمن سواک فانت الوسیلة فی الحقیقة

یا تواب یا تواب یا تواب یا تواب یا تواب یا تواب یا تواب یا تواب

# رُخسارِ حضرتؐ

مُنوّر منوّر! مُعطّر مُعطّر!
چھ گیسوٗ یے حضرتؐ چھ رُخسار حضرتؐ

مُحمّدؐ مُحمّدؐ پران غُنچہ رُوٗ پھلی
دُر افشاں سپنی گُل زِ گفتارِ حضرتؐ

دُر افشاں دُر افشاں زر افشاں زر افشاں
چھ خورشیدِ عالم زِ انوارِ حضرتؐ

بنیوو خاک کُندن بنیی ذرّہِ تارکھ
مُشرّف جہاں گو بہ دیدارِ حضرتؐ

حیاتی دِوان موردِ رُوحن یہ فاضِل
زبانک مسیحی اچھ بیمارِ حضرتؐ

من کلام عبدُاللہ قادری المنطقی

ابو محمد السید عبد اللہ القادری الحسینی سجادہ نشین درگاہ قادریہ المصطفےٰ
بجناب۔ یا قادری یا قادری یا قادری یا قادری یا قادری یا قادری یا قادری یا قادری

# وَالضُّحیٰ رُوئِس

وَالضُّحیٰ رُوئِس سُورہٕ پرہس اَستای اَستای
وَاللَّیل ہوئِس شانہٕ کرہس اَستای اَستای

طٰہٰ جبینس میٹھی کرہس فرقانس تای
مازاغ چشمن پیالہ برہس اَستای اَستای

تس کوثرس پیٹھ ساز کرنک جھم ہاوس تای اسیر
بو دِل تہٕ جگرن ناو گرہس اَستای اَستای

یم لولہٕ برٕی برٕی بات پانے گزراوِس تای
رُوح الامینس یاد درہس اَستای اَستای

تس رحمہٕ وآلس نورٕ برتس داماںس تای
فاضل اچھن ہنٛدی لال جرہس اَستای اَستای

کلام خسرو

# آفتابِ رحمت

ہم صاحبِ کرامت ۔ ہم مالکِ ولایت
منّت کشِ نگاہت
اے آفتابِ رحمت!

تُو مقصدِ عبادت ۔ تُو منزلِ شہادت
سرچشمۂ سعادت
اے آفتابِ رحمت!

تُو مظہرِ تجلّے ۔ تُو برقِ طورِ سینا
شیدا ترے روحِ موسیٰ
اے آفتابِ رحمت!

از جناب محمد اسمٰعیل صاحب نامی (کاوہ ڈارہ)

اے روئے پاک انور - طٰہٰ جبیں منور
تابندہ شاہ خاور
اے آفتاب رحمت!

---

مازاغ چشمہ پر آب - بیدار دیدہ بے خواب
ڈیشتھ چھ ہر نہ بے تاب
اے آفتاب رحمت!

---

واللیل زلف پیچان - چھی رونق شبستان
ہم رشک ماہ تابان
اے آفتاب رحمت!

---

ابرو ھلال عیدین - ہم جلوہ گاہ عینین
نو روز قاب قوسین
اے آفتاب رحمت!

---

منکلام حضرت آخوند ملا طیب صاحب رحمۃ اللہ (دانل کدل)

یا نبی حب اللہ نیست در دل ما غیر ازین ہیچ نیست حاصل ما حق تعالیٰ چو خلق ما

طوبےٰ! قدش تِرے شوبان ۔ اندازِ خوش خرامان!

سرو و سمن چہ حیران

اے آفتابِ رحمت!

---

شاہا! تِرے فوقُ الادراک ۔ بر سر تِرے تاجِ لولاک

فرش قدم تِرے افلاک

اے آفتابِ رحمت!

---

اے جذبۂ محبت ۔ جانِ درِ حقیقت

چھکھ زندگی بشاشت

اے آفتابِ رحمت!

---

فاضلؔ چہ دیدۂ گریاں ۔ از حالِ خود پشیماں

زن لالۂ بیاباں

اے آفتابِ رحمت!

---

چہل کاف

بسم اللہ الرحمن الرحیم کفاک ربک کم یکفیک واکفۃ ۔ کفاکفہا الکمین کان

# یا نبیؐ!

پرٛتھ جایہ چانے خوبہٕ سیتی گُل گۓ مُعطّر یا نبیؐ
شیرین دہَن تے میٹھ لب چھی قند تہٕ شکر یا نبیؐ!

گاہے تلکھ رویس نقاب۔ لوٚت زونہٕ کھسیہِم آفتاب
گاہے ژٕ یکھ، ہاوکھ بخواب روئے منوّر یا نبیؐ!

وَاللّیل مویس شانہٕ کر! نافس، گلابس ٹُوری بہ
سنبل اونیران تازٕ ترٕ، زلفِ معنبر یا نبیؐ!

زن چھکھ بہارو کھورٕمت۔ پوشن تھرن منز ژورمت
چھے پاک ذاتن گورٕمت جسم مطہّر یا نبیؐ!

فاضل! ندامت چھا سہل! اُنزلِ یہ مشکل بے بدل
ساری اتری چھم نظر تل! دل چھم مکدّر یا نبیؐ!

از حضرت جامیؒ

اے زلعلت کام جو روح الامین۔ خط سبزت رحمۃ للعالمینؐ۔ گل لطافت دارد و بو

بسم اللہ الرحمن الرحیم

ان اللہ وملٰئکتہ یصلون علی النبی

صلوا علیہ دائما!

سروِ قدا! بالا سرا۔ طوبےٰ صفت انسروا!
خورشید و ماہ انورا

صلوا علیہ دائما!

روئے چہ گلابن سُنبہار۔ بادِ نسیم موئے مشکبار
اُسی لالہ دل جانی داغدار

صلوا علیہ دائما!

تریاقِ اکبر کبریتِ احمر

بسم اللہ الرحمن الرحیم۔ اللھم اجعل افضل صلوٰتک ابداً وانمی برکاتک سرمداً علیٰ اشرف الخلائق الانسانیۃ
ومظہر سر الجود الجزئی والکلی وانسان عین الوجود العلوی والسفلی روح جسد

یاقوت دندہ قند و نبات ۔ کوثر رواں آبِ حیات
اتھ شایہ مستِ کائینات
صلوٗا علیہِ دائما

ابروٗ ہلالِ پیغام عید ۔ انور جبیں روزِ سعید
چھُکھ ناوہ میدنِ ہشر وہ مید
صلوٗا علیہِ دائما

گیسو ژےٚ چھی عنبر فشاں ۔ سنبل اویزان گلستان
لگے رُمن ہیون زوٗتہ جان
صلوٗا علیہِ دائما

چشمن اندر آبِ بقاء ۔ نظرن اثر کوثر نما
بے انتہا چھکھ باحیا
صلوٗا علیہِ دائما

کثرت احمد

شاهد و مشهود حضرة المشاهدة والشهود نور كل شيء وهداه
برهان الحجة المرداع المختار الخاشع الخاضع البر المستبصر الحق المبين طه يس

انہار کنہ چھکھ لاجواب۔ جشنس وچھتھ گو اضطراب
تشبیہ چھ صحراوک سراب
**صلوٰا علیہِ دائما**

کاریگرن کورنکھ تیار۔ صورتگری ہند شاہکار
قودرت ژے منز آینہ دار
**صلوٰا علیہِ دائما**

اُمّی لقب ہوے امین۔ وصفک مجسّم بالیقین
صد آفرین! صد آفرین
**صلوٰا علیہِ دائما**

درِّ یتیم تس ناجہ زاکھ۔ روشن، درخشان تابناکھ
جانان من روحی فداک
صلوٰا علیہِ دائما

کبرت احمد

رسول الرحمة النبي الامي العربي القرشي الهاشمي الابطحي المكي المدني
الدلالة والبشارة والنذارة والنبوة ونصرته بالرعب وظللته

# دریاے رحمتؐ

چھُ نورِ نبیؐ آشکار اللہ اللہ!
منوّر دِلِ روزگار اللہ اللہ!

ہوَان چھُس یتھے نامِ پاکِ محمدؐ
چھُ روزان کمِس اختیار اللہ اللہ!

بایِن حسن و خوبی وَنان رُخ نشاطُک
یَدینک یَدینک بہار اللہ اللہ!

ابو بکرؓ و عثمانؓ و فاروقؓ و حیدرؓ
تمِس یار ہِم جانثار اللہ اللہ!

سبُحاہ بے نہایت چھُ دریاے رحمت
یہ فاضِل چھُ اَتھ ہمکنار اللہ اللہ!

کبرت احمر

الیلاً من المسجد الحرام الی المسجد الاقصیٰ الی السمٰوٰت العلیٰ الی سدرۃ المنتہیٰ
الذی بلغ الرسالۃ و ادی الامانۃ و نصح الامۃ و کشف الغمۃ و جلی الظلمۃ

# فخرِ روزگار

ہمراز شانِ کبریا، اے فخرِ روزگار

ناوس ژےٚ چھی فدا ملک تہٕ جن بشر نثار

ژٕ نیو نورِ حق دِلس بوٗرتھ، روشن کورتھ جگر

جانٕی چھ عالمس اندر احسانٕ بے شمار

مومن زِ جانہٕ قربہٕ نش ہیمتی چھ دوٗر دوٗر

کینہہ نے چھ رودمت مگر الفت چھ اُستوار

جانٕی بہانہٕ یادٕ کوٚر ذاتن یہٕ کائنات

ژےٚ آخری نتیجہ چھکھ ژےٚ ابتدائے کار

کبرت احمد

اللھم تقبل شفاعتہ الکبری وارفع درجتہ العلیا واعطہ سولہ فی الاخرۃ والاولی
شاھدتہ الابصار سمعتہ الاذان وصل وسلم علیہ عدد من صلی علیہ وصل وسلم

ژےٚ پوشوٕنۍ ووٚمید چھکھ ژےٚ وٲنسہٕ ہنٛد سکوٗن
تسکینِ رۄحِ مُضطَرِب ژےٚ زِندگی قرار

شہبازِ لامکان ژےٚ، ژےٚ عرشِ آشیان
پوٗشیدہِ منزِلَن ہُنٛد ژےٚ جایِن ژےٚ رازدار

اکھ آبہٕ قطرٕ چھُس نگہِ جانٛی نظر پٮ۪یم
اتھ منز چھُ جانہٕ مہرِ ستیٚ طوفان آشکار

لوسم مےٚ نظر ژِ ییٚ وُچھان تہٕ اچھ پٮ۪ٹھ گیم
جانٛ پیٚنٛچ مےٚ آش چھم، چونےٚ مےٚ انتظار

فاضل! وسے اندر بسے زِبتن دِتم گداز
آتش فشان چھُ شولہٕ ہیوٚن اوش ہیوٚن شعلہ بار

الوظیفہ: کبریت احمر

معادن انوار کنوز الحقائق وهداة الخلائق ونجوم الاهتداء لمن اقتدی بهم وسلم تسلیما
وعلی جمیع اخوانه من الانبیاء والمرسلین وعلی سیدنا الشیخ محی الدین ابی محمد السید

# جانِ بہار

مدینک ژٕ جانِ بہار اللہ اللہ!
ثناخوانِ ژٕے پروردگار اللہ اللہ!

نظام جہانٕ یادِ گو یانہٕ بایتھ
صبح. شام لیل و نہار اللہ اللہ!

نہ دنیا، نہ عقبیٰ، نہ جنّت ضرورت
بہٕ وچھہٕ تٕ بخوابٕ بار بار اللہ اللہ!

یوہے چھم تمنّا، یوہے آرزو چھم
بہٕ پادن گرٕ سر نثار اللہ اللہ!

دِلن فاضلا! لوٗٹھ عشقِ نبیؐ زون
دلس پیٹھ کمس اختیار اللہ اللہ!

سورۂ مدثر

بسم اللہ الرحمن الرحیم یایھا المدثر قم فانذر و ربک فکبر و ثیابک

# وٲنس مہیانۍ لگی نے!

وٲنس مہیانۍ لگی نے ژےٚ اتھ طوبےٰ اقدس!
زٕ وَندَے دوٚن عالمن ژےٚ چھکھ سرس

حُسنِ تقویمک تصوّر چوٚن ذات!
اُتھی وُچھنہٕ توٚشان چھہ سورے کائنات

پوشون چھے پیکرِ جاہ و جلال
بارک اللہ! صورتھا حُسنِ کمال!

ژےٚ گٹن منز آفتابِ مشرقین
ظُلمتن منز ماہتابِ مغربین

---

سورہ مُدثّر (جاری)

خد و خالچ جا آذیبت دل نواز

اَتھ اندر موصوفیت چھے بے نیاز

چانہٕ روٗ خسارک گُلن انہار ہیو

ہمسری ہنز گو خجل گُلنار ہیو

اللہ اللہ ! چانی یم زُلف دراز

یم وچھتھ ہشکِ ختن گو سرفراز

چانی ابروٗ وچھ ہلالن تراے رُٹ

بر سرِ برجِ فلک ٹھر جاے رُٹ

چشمہٕ تُل از کھاسی حبہ کی برنہٕ ین

العطش یم ڈیشونی از کربکہ دن

سورہ مدثر (جاری)

وَلِيَقُولَ الَّذِينَ فِي قُلُوبِهِم مَّرَضٌ وَالْكَافِرُونَ مَاذَا أَرَادَ اللَّهُ بِهَٰذَا مَثَلًا كَذَٰلِكَ

چانہِ ویرے پانہِ رَبّ لَمْ یزل

جرنہ لوگ چانس ڈبکس نورِ ازل

پوشہِ ٹُور لو ہیو چھ ژرے نش حسن بیان

کم وَنُن ۔ لیکن وَنُن بس جان جان

نظرِ نظرے چانہ غش ہن وزملن

گاشہِ تارکھ مرنہِ ہن تارِ یکین

اکھ تبسم کرتہِ پھوہ لہن شالمار

گُل وُچھن یا منھ ، بلبن ہجرکی بیمار

چانہِ اتھ لوت ژھایہ تل زرو نیری تن

فاضلس قسمت ینن از پھیری تن!

سورۃ المدثر (جاری)

لم نک من المصلین ولم نک نطعم المسکین وکنا نکذب بیوم الدین

# نُندبون

سُہ عربی حسینہٕ! سُہ مدنی جمالہٕ
تُہُنٛد ذات پٲروردگارن کمالہٕ

خُدا کُن۔ محمدؐ چھ وصفن اندر کُن
ھُ کُن لازوالہٕ! یہ کُن ذوالجلالہٕ

ژرے ہاتمی سٕندس نُندبون آسنس پتھ
گوٚمُت: چھِ تعجب ہیو لانیزالہٕ

سُہ عقلِ مسلّم سُہ عشقِ مکمل
تمِس ہیو دوٚیم کانہہ چھ آسُن محالہٕ

سُہ اُمی لقب۔ فخرِ عالم سُہ فاضل!
سُہ چھِ خوشخصالہٕ! سُہ چھے بے مثالہٕ

از حضرت شاہ نعمت اللہ قادریؒ

جامِ گیتی نما ست سید ما جانِ جانان ما ست سید ما محمد است بحق کہ رسولِ خداست
اللھم صل علی محمد و علی آل محمد و علی جمیع اصحاب محمد اللھم صل علی محمد و علی آل محمد کما صلیت

# بندهٔ خاص

اکھ یتیما! عینِ خاصُ الخاص تے!
سُے چھُ افضل سے چھُ خیرُ النّاس تے!

یورِ تاباں جاد اکھ شمعِ ھُدیٰ
اورِ تھو تکھ آفتاب لجھ ساس تے!

ان پیرن دوٚ پنے ہیچھن اللہ سورُن
زانی والیا! نُسخہ اویا راس تے!

عِلمِ لدُنی دانۂ ناوان جبرئیل
اتھ اندر خائص محمدؐ پاس تے!

اللھم صل وسلم وبارک علیہ وعلیٰ آلہ واصحابہ واتباعہ اجمعین

مُنزل لیِ وَتھ اَکھ صراطُ المُستقیم
لوُدْ پَلکھ اَتھ پیٹھ ٹرلی وِشواسْ تے!

زانی وانی دوپ؛ زانی ہنز لریون دات
طالبا! حیدر کرمؔ وونُن اَتھ نیاش تے!

سورگہ وِیژ اخپہ چھ کینہہ باغات بس
ذاتِ اقدس: جنّتُ الماویٰ تے!

روے وِچھتھ حیران گُلاب کاشمر
زُلف مشکیں عنبرِ سارَس تے!

آس فاضلؔ لچھ ہزار صلواۃ ہتھ
غم نصیبا اَکھ برس تل آس تے!

از علامہ بوصیری

---

الصبح یبدو من طلعتہ ـ والیل دجیٰ من وفرتہ ـ فاق الرسل فضلاً وعلا ـ

# حبیبِ خُدا

حبیبِ خُدا لاجواب اللہ اللہ!
سُہ زیبِ جہانٕچ آفتاب اللہ اللہ!

سُہ تعبیرِ جنتٕچ، سُہ تفسیرِ قرآنٕچ
تمِس کُن وُچھن لوُدٕ ثواب اللہ اللہ!

سُہ ڈیشتھ منوّرٕ گژھان لیلۂ شب
چھُ تس پیٹھ فِدا ماہتاب اللہ اللہ!

چمن باغ و بُستان تمِس پیٹھ چھ نازان
سُہ زن تازٕ سونتُک گلاب اللہ اللہ!

اچھن گاش چھُے فاضلا روبرو وُچھ
چھُ زن پانٕ حق بے نقاب اللہ اللہ!

# یا رسول اللہ!

کر کھنا اکھ تبسم ! یا رسول اللہ!
یو ہے ارمان دلس چھم یا رسول اللہ!

بہ شفقت لوکتھم آئینہ گرہ زیبو
دلس آسم گمشرہ رم یا رسول اللہ!

نکیر و منکرہ دوہیم ترے بخشش
فقط چون شرہیہ مے اوسم یا رسول اللہ!

تھلتھ پووس غمن لو گمو تبرداہ
مے حاجانی لولن دوپم قمو یا رسول اللہ!

از ابوالاثر حضرت حفیظ جالندھری

سلام اے آمنہ کے لال اے محبوب سبحانی | سلام اے ظل رحمانی سلام اے نور یزدانی
سلام اے فخر موجودات فخر نوع انسانی | ترا نقش قدم ہے زندگی کی لوح پیشانی

خدا دانشورن — ابہام ابہام!

ہےٚ چانی دایہ زونم یارسول اللہؐ

لبتھ دِیتھم، لبتھ دِیتھم ہدایت

ہدایت راوِ روودم یارسول اللہؐ

یہ نفسک ژھل کھوٚتم پیچھ دٔالہہ ہیو

اَتھو پیٚنہٕ ہیو بنوودم یارسول اللہؐ

پنُن دِل عملہٕ روٚس پانے ہےٚ فانِل!

مزارس واتہٕ نوودم یارسول اللہؐ

مگر لاتقنطوا من رحمۃ اللہ!

قرانٔن صاف بوودم یارسول اللہؐ

از مولانا ظفر علی خانؒ

اے کہ تیرا وجود ہے غازۂ روئے کائنات۔ جلوہ فشاں ہیں ہر طرف تیری ہی سبھی

## باڑ کنڈی

وتھری بار کنڈی کوچن ژے بابوتھ
ہریوست نار طرفاتن ژے شیلوتھ
جہانس منز ہیوتھ زور باطل
یہ لودست اوس شیطانن نہ لہروتھ

— - —

## کنڈ پوشھ

مشد وانن
کنڈ پوشھ
یہ چھا سہلی داہانہ دارن
یہ چھا سہلی کٹھن پاشو آنی
گرس وتھ تور نیٹی پاہنی فکر تارن
یہ کیا گو ناسہ ژراسن فکر تارن

حضرت علامہ اقبالؒ

طرح عشق انداز اندر جان خویش تازہ کن با مصطفیٰ پیمان خویش مصطفیٰ بحر است

# بے مثال

رسولِ خدا بے مثال اللہ اللہ!

حسیناہ سہ چھم پُر جمال اللہ اللہ!

سہ گُلرو معطر، سہ چھم مُشکِ اذفر

گلابا سہ چھم لازوال اللہ اللہ!

سہ چھم نورِ انور، سہ چھم شاہِ خاور

مے سے عیدہ ہند چھم ہلال اللہ اللہ!

مے چھم بے قراری مے چھم انتظاری

ییمنا وندس یم زِ لال اللہ اللہ!

دمِ مرگ نزدیک آم فاصلا ون!

ینس تام تس چھ کوت کال اللہ اللہ!

از خواجہ محمد امین صاحب دراب رح

# یا محمدؐ!

ژِ چھکھ جانِ بہارن یا محمدؐ!
ژِ چھکھ شانِ گُلستان یا محمدؐ!

چھ پیارن جبرئیلؑ شانِ نبوتؐ!
برس تل چون دربان یا محمدؐ!

گلابن، نرگسن تے سنبلن منز
ژِ چھکھ شوبان ژِ شوبان یا محمدؐ!

اچھن منز چھم نبستھ اکھ پرتوہ چون
دلس منز چھم چراغان یا محمدؐ!

از قلم حضرت سر سید احمد خان صاحب رحؒ

فلاطون طفلکے باشد بہ یونانے کہ من دارم مسیحا رشک مے آرد ز دانائے کہ من دارم

عنبر ہویس ، رتس خویس تہٕ رویس

فدا کرہے دِل وجان یا مُحمدؐ!

ہوٗدر زٕ بوٗ شیکہٕ یِن ووٗتھ تے حلاوت

سُخن دوٗ دماںچھ باسان یا مُحمدؐ!

ژِکس ہیٚبہ چھے ژٕرے ازلی نوٗر روشن

امہ یک آئینہٕ فرقان یا مُحمدؐ!

تُلکھنا تھوٗد زٕ مازاغ چشمہ گاہے!

یہ ارمان چھم یہ ارمان یا مُحمدؐ!

مجازس منز چھکھ حُسنک تصور

ورچھت فاضل چھہ حیران یا مُحمدؐ!

از حضرت سیماب اکبرآبادی

جب ولادت مصطفےٰ کی ارض بطحا میں ہوئی - رشک سے کچھ گفتگو تاروں کی دنیا میں ہوئی

# یارسول اللہ

یا رسول اللہ ترے چھی ناوش فدا جن و بشر
پایہ بوڈ کورنکہ ز ذاتن
بخشنے شانس تھزر

نور چانیک کن وکانس آسہانے کن اگر
زندگی منز آسہا ما
حسن و عشقس کانہہ حسر

سیکہ لس منز چانہ نظرے سانہ باپتھ ووی گہر
بی سبب زیٹھن بیابانن
سپدمت سیم و زر

نعت از مرزا غالب

حق جلوہ گر ز طرز بیان محمدؐ است - آرے کلام حق بزبان محمدؐ است - آئینہ دار پرتو

آسنا میانس نصیبس! از ہم خوابس اندر
دُدی ہتس سینس اندر پھلی۔
پھلی ہنم گُلہائے تر

ثرے چھُہم بچینچ بشارت۔ ثرے چھُہم نارس سپر
یا محمدؐ بس یوہے اکھ
جذبہ روزی نم ہمسفر

چھے کتھن حکمتھ برتھ۔ سوخنن اندر پزرے پزر
زبو ہوّدر۔ شیرین سخن
نابدی وِٹھن بری بری تشکہ

یتھ دلس پلیٹھ تراوِ ژھتھ: پننہ احسانچ نظر
تتھ برابر لگی نہ زہنہ
میانین اچھن شمس و قمر

از لطیف جلیلی (پاکستانی)

—.—

نوکتہ دانن کٔر غلامی چھانہ منز تھزرے تھزر
نوقطر چھنس چھاتمن
نورک مقامن ہنز خبر

—— - ——

کیاہ چھ یم شب روز آخر! کیاہ چھ یم شام وسحر
فاصلس نش یم چھ چھانی
روح تہ گیسوکی اثر!

—— - ——

## ارشاد

ژے بوزتھ ‌ٔتی یہ بوزے پاک ذاتن
یہ کوز تسلیم لگھ ہیتھ کائیناتن
ونس تامتھ امی سیتی لوب ہدایت
سحر وقتن، دوہن، شامن تہ راتن

—— - ——

# صُبح پھوٗل

صُبح پھوٗل زَن کوٗر تبسُّم خَندِ پیشیاں حَضرتَن
شام گوٗ ٹھی تراوٕ زَن گیسویہِ تاباں حَضرتَن

تِمی شُہن زٕلو وٕزر کٕنٕن اُچھ آہ ہن زٕ دٕمو ہتین
یادِ کٔر شقُّ القمر، زوٗٹ ماہِ تاباں حَضرتَن

گَے فَنا دُشوار ساری : زِندگی ہٕندی مُشکِلات
رٔشمِ دُنیا، عُقدہ عُقبیٰ کٔری آساں حَضرتَن

اَللہ اَللہ! فاضِلا تِمی سُند بَجَر اَتِمی سُند تھٔزر!
اُمتَس کٔریت تھوٗدِ سجادہ تِمہ باغِ رضواں حَضرتَن

# خیر الانام

مُحمّدؐ چھ خیرُ الانام اللہ اللہ!
چُھ سُے مُرسلینن امام اللہ اللہ!

سُہ عالی تبارا! سُہ عالی وقارا
خُدا چھس وَنان السّلام اللہ اللہ!

سُہ نورِ ازل! خُشک و ترٕ گے مُنوّر
گَٹن منز سُہ ماہِ تمام اللہ اللہ!

صبا باغٕہ کیٚن سروِ نازن وَنان از
تمس ہیوٗ نہ کانہہ خوش خرام اللہ اللہ!

سُہ سردارِ عالی، سُہ مخدومِ عالم
چھُ فاضل تمس اکھ غُلام اللہ اللہ!

از حضرت جامی رحؒ

عارض است ایں یا قمر یا لالۂ احمر است ایں | قامت است ایں یا الف یا سرو یا نخلِ مراد
یا شعاعِ شمس یا آئینۂ دل ہا است ایں | یا مگر گلدستۂ باغِ جناں آراست ایں

# خواجا!

نہ ژےٚ راہی گوارا۔ نہ شہنشہی گوارا
اے خرقہ پوشہ خواجا!
ژےٚ چھہ سادگی گوارا

———

پیٚیہ نارِ چھیٹ دلس یس۔ لبہ کوثرِچ تراوت
اے شبہلہ سایہ خواجا!
مےٚ وہن چھہ لولہ نارا

———

اشہ وانہ ستی ژھیوم ۔ پہ جھنجھ تمازت
اے میانہ ٹاٹھہ خواجا!
ودنس مےٚ ناشمارا!

ازجناب حضرت امیر کبیر میر سید علی ہمدانی رحمۃ و حضرت علامہ اقبال رح

بسم اللہ الرحمن الرحیم | قبلۂ دل آفتاب روی اوست | چوں زر زلفش ... شکبو
محمد و اصحاب محمد | کعبۂ جان خاک راہ کوی اوست | دو سیٔ این و آں بر بوی اوست

کلہ چانہ کل گنیم ۔ یہ چھہ تارِ وِنی سیلا !
اے دلنوازِ خواجا !
ژٕ ہے دُکھ مے ژٕ ہے سہارا

— — —

مے کوٗرمُت ژٕ ہے ستی سودا ۔ نہ وُچھم دِلس شباتس
اے باوقارِ خواجا !
پنہٕ ژٕ ہاتہٕ تُلے خسارا

— — —

حید روٗش چھہ تس نصیبس ۔ ینہٕ لبِس ژٕ ہے نِش غلامی
اے فقر والہٕ خواجا !
کسہٕ آسہٕ نیتھ ستارا

— — —

ژٕ دِ فاضلس اتر زور ۔ ژٕ تھوس کنتھن کنہِ ظون
اے مرشدہٕ رستہٕ خواجا !
مے یوٗ ہے چھہ کاروبارا

— — —

اللّٰھم اجعل صلواتك وبركاتك ورحمتك على سيد المرسلين وامام المتقين وخاتم

# رسولؐ اللہ

ہے نازون نم پنن پان، یا رسولؐ اللہ!
مسلمان چھس مسلمان یا رسولؐ اللہ!

خدا راضی تمس یس راضی آسکھ
رضا چون عملہ ژھاران یا رسولؐ اللہ!

سبٹھاہ زونم، اما پوٗلُم سبٹھاہ کم
بہ اتھ پیٹھ چھس پشیمان یا رسولؐ اللہ!

مسلمان شکلہ چھس... ناوٗک مسلمان
دپان چھم لکھ مسلمان یا رسولؐ اللہ!

اللّٰھم صلّ وسلّم وبارک علیٰ حبیبک وخلیلک وصفیک ومختارک ونورک محمدؐ

پہٕ اَستھ تۄنہٕ چھَم چانی رَفاقت
بہٕ نادان چھُس، بہٕ نادان یا رسول اللہؐ!

نہ جنّت چھُم نہ چھُم دوزخ ضرورت
سپد گاہے مہربان! یا رسول اللہؐ!

چمن سگوِتھ تھوۄے ہیارے! وُنہ گاہے
خرامان یکھہ خرامان یا رسول اللہؐ!

گنڑھن وُٹھی عمر پیٹھ از قسمتکی دل — گند
مژرہ گیسوئے پیچان یا رسول اللہؐ!

ژٕرے اچھہ زن فاضلا! سر چشمہ رودک
چھہ ہارن ابرِ نیسان یا رسول اللہؐ!

اللھم صل علی محمد

بسم اللہ الرحمن الرحیم اللھم یا اللہ یا رحمن یا رحیم یا شافی صل وسلم وبارک علی محمد

# مہ رویہ!

مہ رویہ! ئدنی لالہ گلن مالہ کرایو
از سالہ ولو! لالہ دلکی پیالہ برایو!
والشمس رولیس رو برو قرآن تہ متن چھم
ووني چشمہ لوسم زئیی وچھان سیپارہ پرایو

کس باو گجس ببر لنگس سونتہ ززر زام
کیاہ میانہ دلک چارہ کرو وني بال مرایو
نم ہول تہ ژکش ناو دو درہ مانے پھٹم کھور!
امارہ برژہ سودرہ کھونن تارہ ترایو!

— - —

## قطعہ

خلوص و عاجزی و انکساری
عمل، دیانت، محبت، شب بیداری
امانت، صبر و استقلال و ہمت
یہ اس کے نقش بر نقش تھی آہ و زاری

---

## قطعہ

حدیثِ مصطفیٰ حدِّ نظر تھی
اُمّت پہ ہمہ وقف نورِ بصر تھی
یہی روحِ حدیث جانِ قرآن
یہی جان و روح بستہ پاس اندر تھی

اللّٰھم صلّ وسلّم و بارک علی من ھو سیدنا و قبلتنا و امامنا و امامنا و علی

## دُرِّ یتیم

اَکھ یتیمن تھوٗ یتیمس پیٹھ نظر!
پوٗ تچھ پھلی آسی تم بنیی لعل و گُہر!
کیمیا آخر چھ جُزوَن ہُند طلسم!
یوٗد کھوٗٹس تراوِ بناوِس عین زر!

## دریاے رحمت

سمندر ہوٗکھی وِچھتھ دریاے رحمت!
یہ بے حد بے نہایت چھے سنبر اتھ!
ہُتتھ شاٹھس چھ ہو رسلؐ ہوخته تھارا!
گوٗہ تارکھ چھ اتھ پیٹھ لچھ ہزار نتھ!

بسم اللہ الرحمن الرحیم ن والقلم وما یسطرون ما انت بنعمة

# اے جانِ تمنّا!

ٿئي ڇُهَم جانِ تمنّا، ٿئي ڇُهَم ئي چارِ گرِ
يا رسولَ اللہ!
مئي ڪُن گاهي ڪرِ ڪُهنا
اکه نظر!

---

چُشمه وندهي لالهِ رويش ازنيو وچُهته آفتابه کهوت
يا رسولَ اللہ!
ڇُهَم سرچشمهُ
نورِ بصر!

از جامع الکمالات حضرت الشان شيخ يعقوب صرفي رح

محمدؐ مقتضی ہر دو عالم سرور سالارِ فرزندانِ آدم محمدؐ آفتابِ آفرینش

چون پرتو شہنشاہتس کائناتس گاش چون
یا رسول اللہ!
ترے اندی اندی گنھ گران
شمس و قمر

شانہ کر واللیل ہویس صبح رویس پرد تل
یا رسول اللہ!
پہے وچھ وچھ بنان
شام و سحر

یوّد ژہ روز کھ مہربان عرش بریں روز بم مقام
یا رسول اللہ!
ہے روز یا کہکشاں
بالائے سر

از حضرت حیرت در تطبیع حضرت صرفی

یا قیوم یا قیوم یا قیوم یا قیوم یا قیوم یا قیوم

سلطان انبیاء کر بود جان غلام او ـ بر فقر و فخر کردہ ترے احتشام او ـ اچرخ و زمین گردش دوران

آرزو ئیت بیئر گیم وچھ لولہ باغس ڈو ٹھ پیوم

یا رسول اللہ!

تبسم کر پھولن گل۔ (گلہائے تر)

ہائے تر

دل پریشان میون گو عالم پریشان گو ہیے ستو

یا رسول اللہ!

کرم کر آتش چانی ہیتھ

بحر و بر

آرزو مند چھس تمنا چھم میے چھ نے اشتیاق

یا رسول اللہ!

پھو لیا از فاضلس

قلب و جگر

ترابائے رسول (از ام معبد) :- فصل لا تذر و لا ھذر کان منطقہ

سوٗرم پیٹھ رسولنٛ شوٗد تصوٗر
اَمی سیتین زوٗس پٔنٕنس بوٗزم مُر
یہ آس میانِس وجودس خوش نصیبی
تِہند لوٗلن خیالاتن کوٗڈم گُر

۱۔ شوٗد = خالِص ۔ ۲۔ تصوٗر = خیال ۔ ۳۔ زوٗس = جانس ۔ ۴۔ مُر = دامن

خدایس ہیوٗ نہٕ کانٛشرھاہ قدرتس منٛز
رسولس ہیوٗ نہٕ کانٛشرھاہ عظمتس منٛز
اچھ روٗ شوٗے لاشریک اندر صفاتن
موٗحد روٗ مُت اَتھ وحدتس منٛز

محمدؐ صاحبا! حُسنک مجسم
تہٕ تھٕرمت صاحبن پرٛزی پانہٕ آدم
ختم صنعت کرٕن سارے تمس پیٹھ
پیٹھ روٗد پانہٕ وچھ وچھ حُسنِ عالم

نوٹ:

۱۔ کانٛشرھاہ = کانٛہہ اکھاہ ۔ ۲۔ تھٕرمت ۔ بنوٗمت

———

میٚ کَم ذاتَس چھ کَتھ ؛ نامِ مُحَمّد ؐ
یہ کیٛہنہ حاصِل میٚ تَتھ نامِ مُحَمّد ؐ
یُہَے چھم آش ۔ اَرمان ۔ آرزو چھم !
میٚ ناکارَس چھ سَتھ نامِ مُحَمّد ؐ

## اَسۍ چھ نافرمان

یوٚت یامَت چانہٕ فرمانَن شُہوم کَل
ژرٚ مژرِتھ سو رگہ ایوانَن میٚ ہا نکل
قیاسَن لوگنم یامَت تلَن گوٚر
کھوٚتم باطِل پرَستی ہُند دِلَس مَل
قرآنٕچ وَتھ ، حدیثٕچ وَتھ چھ روشَن
مگر کوٚر نفسِ اَمّارَن کھتَن رَل

ازشیخ الواعظین مولانا مولوی ابُوالحسن حافظ غلام نبی مُبارکی صاحب رح

ہناہ ایمان اوسم تہٕ کرٕ کھارُن
ہے دِیت بہوٗدِ مسلن عقلہٕ ستی دِل

رِتس کرِنس پزٕ زٕ آخرہٕ بدس بد
سیٹھس بیالس کھسان چھا زٕہ ہوٗدرپھل

شفاعت لبنہٕ باپتھ زلوٕ ہے لوسم
یقین آس کرِ رے کرِ زٕ لوگم ہے ڈانبل

گمانکی کوہ دوپم سنگلاخ نیرن
پتو لاکن پھے ورا ے رب تہٕ ولدل

قرآن تے وپشداری زانی مسان
ربواچ اکھ ہلی بیھ ژینی جل جل

الحمد للہ رب العلمین الحمد للہ رب العلمین الحمد للہ رب العلمین الحمد للہ

سونٛگ ہُلماپہ کٔرۍ کرۍ پیر بنٛی بنٛی
مُریدن باگراوم میٖژرتہ سرتل !

مٔژر گورٕ ژیپٹ درویشی، ذکرٕ کرٕ
مگر تھوۍ نفسِ امّارکۍ گھٹتھ ول !

ٹھگٕل کرِونی بیٚین شٔبرنگ تہ شٔرنگ
بیٚمِس پٔژھ شوبہا، واجِم تژھے کھل !

نیٚبرۍ گینگٹھ اندرۍ اولود طینت
اصولن کھےٚ رلوایژ پورٕ میقل !

بیٚین لوکن طبابت، پانہ پٔرپٔر
زُوس سختی، لکن وۆن مشکلن حل !

بسم اللہ الرحمن الرحیم - اللھم انی اسألک ایمانا دائما و اسألک قلبا خاشعا و اسألک یقینا صادقا و اسألک

بیتیِ کھیبی قُلچہ تے گوشتابہ مُفتکو
تتی سَرحلقہِ دِیہنک لوگ نہ کل

اَصولن کُن پھرم تھر کور مے ضایع
کشگو رُیشک، عمامُک وَرہ دُستایل

پہ کیباہ کور عمرِ! وائنسن آسہ پیتُرن
دو دس، ہمانچس بتوومُ آبِ حنظل

تُرے سِستن بے وفائی یا محمدؐ!
تباہی! عینِ رسوائی نہ گانگل!

—.—

# قطعہ

یمہٕ کُنہٕ چانہٕ ذاتِچ آشنائی
گداگرٕ اسی میچھ پادشاہی
امہ پوٚز اسی ذلیل و خوار ابتر
اسی کرٕ یا محمدؐ وفائی!

—·—

# حسنِ ازل

اے حُسنِ ازل جانِ بہارانِ حقیقت!
اے زیبِ جہان شانِ گلستانِ حقیقت!
تو جلوہ گہے نورِ نظر دجہِ بصیرت!
اے شمعِ فروزانِ شبستانِ حقیقت!

—·—

بسم اللہ الرحمٰن الرحیم۔ لم یات نظیرک فی نظر۔ البحر علا و الموج طغیٰ۔ یا شمس نظرت الی لیلی

# معراج

سُبحان الذی اسریٰ بعبدہٖ لیلاً من المسجد الحرام الی المسجد الاقصیٰ

---

## صاحبِ معراجؐ

صاحبِ معراج تیرے چھکھ فخرِ موجودات تیرے
کائنات منزِ معظّم تیرے مقدّس ذات تیرے
چھےِ صفت واللیل تے والضحیٰ چھےِ چون خطاب
رازِ ہست و بود تیرے چھکھ معنئے دوہ رات تیرے

---

بسم اللہ الرحمن الرحیم - لا اقسم بھذا البلد - وانت حل بھذا البلد

یا باعث یا باعث یا باعث یا باعث یا باعث یا باعث یا باعث

# قطعہ

نرابگی پاٹھ روزاں چھکھ میے نِش دور
گہے نزدیک بیٹھ روزاں ژٕ مستور
تُلکھنا پردہ روئیس روبرو بیٹھ
یدے گنڈٕ گنڈٕ بہٕ کرہا درشناہ پور

— - —

کلیمن پوژھ ذاتک چانہ سنمالہ
خلیلن حض وہمہ تا کور نا
البن دارہ گردن اکہ نر پانہ
صن رودنا وانسن ذبیحن
نمنا چیرن

طوفانس منز بچاوی نوح خوانی
بناوی جاودانی عمر فانی
چھ تاراں تالہ النارس اکھ کل
حیاتی پچھے پیچھے زندگانی!

نوٹ:۔ ا۔ ذبیح = حضرت اسمٰعیلؑ ٢۔ کلیم = کلیم اللہ یعنی حضرت موسیٰؑ

## جانِ عالم

مُسخر گو یتیمن کورپہ عالم
تمن پوز ونتہ باپتہ صدمے تہ غم
بناوُن نالہ کھوو اختر گلستان
بیوہ گو ابنِ آدم ، جانِ آدم

## عالمِ نور

ستارو زول کور باچشمِ پُرنم
اوڈش یاقوت گو ، اوڈ اشک پیہم
مے وچھ ڈولان چھ نبیس مرقدس پیٹھ
پرزلونی ، پوشونی نورکی عالم

---

اللھم صل علی سیدنا محمد نور الانوار و سر الاسرار و سید الابرار و زین

لگی پہپوشہ پادن میون آسُ[1]

اُمی باپتھ مٿے آسُ ھیتھ پرزلونُ[2]

ھئو م وانسہ اتھ لایق پتن رل

قدم چھے ناگیے اتھ منزلے تھاوُ

— · —

محچھن ہندی ولال چھم پادن تے جرے

نمن ہندگاشں چھم قربان کرے

بصارت[3] دتھ وودُندکرالہ ان[4] لیت تہے

چھوبز[5] آونھ بہ لولہ واہ برہے

پموہتوو نظرتل بس چون فرمان

قرانچ وتھ سو لکھ گے سیدی مسلمان

خدا منزل تہ پروو کھ چون کردار

اُمی ستی دین و دُنیا کوکھ آسان

— · —

٥

نوٹ:۔ ١۔ آسُن = وجُود (Existance) ٢۔ پرزلونُ = چمکدار

٣۔ بصارت = دِلک گاش، حقیقی بینائی۔ ٤۔ وودُندہ بین

٥۔ چھوبز = کمی، کم پایہ گی، ناگہ ہاری، پوئرنہ آسُن۔ کم ظرفی

بسم الله الرحمن الرحيم۔ الم تر كيف فعل ربك باصحاب الفيل

يا حكيم يا حكيم يا حكيم يا حكيم يا حكيم يا حكيم

# شاہا!

کرٕیوٚمے عُمرِ پٔتی اَزٕ سال شاہا !
پٔہَم کَتھ پیٹھ گرٕژھاں چھُم گال شاہا

رُحُک سرٕاپہٕ چھُم چوٚنے تَصوٗرٕ
لوٚہَے چھُم وُیژٕ۔ لوٚہَے چھُم مال شاہا

مےٚ یَتھ کارَس اَندَرٕ پھُٹو مَصلحَت چھاۓ
مےٚ پرووُم تَتھ اَندَرٕ رُت فال شاہا

یوٚتام ہَتھ نَم نہٕ روٗ تھٹُم قُلزَمَس منز
توٚتام ہَتھ کرٕ لُجم نآو نال شاہا

وَنان شوٗریدہ سَر مَنز زمہرِیس
مےٚ زآج پننی بُخارن تال شاہا

سوٗمبر گیسو! اگر ژھاں چھم حآجی باوِنی
دَران وُزہَل چھہ کوتاہ کال شاہا

فِراقس مَنز نہٕ پانس تام روزان
مےٚ گوٗمُت وَحشتک مُرنال شاہا

وَتَن پیاٹھن چُھدَے گُنڈی تھےٚ بہ روزَے
مےٚ لُجہٕ یوٚد شوقہٕ دِیدَن زال شاہا

ژےٚ ژھایَن نالہٕ ہنتھ کرِ کرِ ازیک تام
قَدَس گو فاصِلَس زُن دال شاہا

—— . ——

از حکیم خواجہ شوکت نظامی صاحب دہلوی۔

# آنحضرتؐ

دلِ شکستن رحمتک پیغام دیت آنحضرتؐ
مُرتئین از زندگی ہند جام دیت آنحضرتؐ

از گوناہن تے قصورن ہنز خریدار سینہ
سون بناو تھ وچھتہ بخش خام دیت آنحضرتؐ

راسبازی لاابالی شان زور حیدریؓ
قوتِ ایمان صبح و شام دیت آنحضرتؐ

چھے غمس بیچارگی تے اضطراب بس اختتام
فاضلا رشک حیات آرام دیت آنحضرتؐ

---

از شاعر رسول حضرت حسّان بن ثابت رضؓ و کلام حضرت ابوبکر صدیق رضؓ و فاطمہ رضؓ

یا رسول اللہ ضاق بنا الفضاء ۔ و جل الخطب وانقطع الرجاء ۔ و ظنی فیک یا طٰہٰ جمیل
فجاھک یا رسول اللہ جاہ ۔ رفیع ما لرفعتہ انتہاء ۔ و منک الجود یعہد و السماء

## قطعہ

خُدایس تی مِٹی منز پوشیدہ اکھ کتھ
بہ شفقت کُرہ رَسولن اَتھئی باوَتھ
کِرامن کاتبِین رَوِد محسوس
یہ کِتھ اکھ سِرہ رَوس وَاقفہ کنہہ اتھ

—.—

## قطعہ

ژٕ وُچھ وُچھِم وَنان اَسی چھون آسُن
تمو وون سارِی ہے منز ژھاپھ ژاکھ کُن
ژھُپھ المختصر جاہن اندر حُق
لوٚیہ گو عقلہ ستین پرزناوُن

—.—

## گدائي

كرم جبرئيلين پچاڻ برج كاسه گدائي
اي شاهِ امم! جانِ رضا، شانِ خدائي
هر ساته وچهکه ڏيئي تو خرقه سياه پوش
الفقر فخري بادشهن جلوه نمائي

— · —

## ٻنا مشڪه

ٻنا مشڪه شه لولاڪه سانئي!
اسي وِيهه کهيو، اهگه کهو وِدانے!
يه كور پاني، تر سور پانے اياپوز
هيو تقدير سانے، ڏيكه لانے!

— · —

بسم الله الرحمن الرحيم - اللهم يا الله يا رحمن يا رحيم يا شافي صل و سلم و بارك على

# قطعات

سعادتمند نبیؐ ہندی یم چھ محرم
دِیان لِچھ کیمیا اَکھ اسم اعظم
سُلیمانی گژھان حاصل غلامن
رسولسؐ تمانہ وِنی زاتن یہِ عالم

---

مزاجِ دہر بدلوو اَکی حُکیمن
لوٗریٚ صلِّ علیٰ رُوح کلیمنؑ
دِتن اَکھ نُسخہٕ کامِل انھن منز
صحت ہند دین و دُنیا گوٚ ہیمن

---

میٚے دزِنم آگہی اُمّیِ یتیمنؐ
تہٕ گوٚرتس وِلوٚدتمی منز دہ جہانن
نتہٕ کانتیاہ میٚے ہوی گُمنام گمنام
میٚے اوٚلیٚ زِندگانی دزِنم حیانن

---

نتہٕ پیٹھ گذرِ شب از تہٕ جانِ معراجسؐ تای
تنھ ٹاٹہٕ پلوٚس نظر جَرہس اتای اتای
زن شہسوار اہ عرشہٕ پیٹھی کھوٚت منز آنس تای
لوٚت ژھایہٕ لگہس نعت پرہس اتای اتای

بسم اللہ الرحمٰن الرحیم سُبحٰن الذی اسریٰ بعبدہٖ لیلاً من المسجد الحرام
وہ پاک ذات ہے جو اپنے بندہ (محمدؐ) کو شب کے وقت مسجد حرام سے مسجد اقصیٰ تک جس کے گرداگرد ہم نے برکتیں رکھی ہیں




خودائی بڑونھہ رسول اللہ کیاہ نااوس؟
اَمیک چھے باشعورن ازتہ ہمسوس
گُنے پھتہ شنیہن منزگو وبلیتھ گن
یکایک از مشیّت گوو ونِتھ گی

قسیم جامع مقتف مقفی رسول الملاحم رسول الرحمۃ

بحرِ "کُن" تصوٗر روٗٹ وجوٗدن !
اَمِچ صوٗرت گرِیی کرہسٗت و بوٗدن

نِظامِ زِندگی سوٗر سرد و گرمن
ہواون ، آتشن ، آبن تہٕ خاکن

یہٕ سوٗرُے کُن تہٕ ہسٗت و بوٗد سوٗرُے
یہٕ بامقصد ، بلا مقصد نہٕ کینہہ چھُے

یہٕ کوٗر ذاتن تمِس کیاہ نظرِ تل روٗد
یہٕ کرنس منز تمِس کیاہ روٗد مقصوٗد

اِنّما امرہٗ اِذا اَرادَ شیئاً اَن یقولَ لہٗ کُن فیکُون
(القرآن)

---

معجزہ بردوش پیکر روحِ قدرت در کنار - عالمِ تحقیق کی ہر چیز ہے زیرِ نگیں - سنگ ریزے ہاتھ میں حمد و ثنا

خدایس سٕنٛز چھ باغس باغوانی
گُلن پیٹھ عالمس منٛز حکمرانی

سُہ چھُے پوشید رازن ہنٛز حقیقت
ییٚمیٚس آخر یہ کرنٛج کیاہ ضرورت

یہ کیاہ باعث سپُن پھولِتھ گُل تہٕ گُلزار
گلاب و نرگس و سنبل تہٕ گُلنار

زمینن کیاز تھزرن ہمسری کر
ستارو کیاز ذرّن دلبری کر

یہ کتھ پیٹھ رود عالم خنٛد پیشان
نبس پیٹھ کہکشانن کوٚر چراغان

بتھیک گاہ کیاز پرزلو آفتابن
گٹن منز گاش پھالو ماہتابن

روانی کیاز قائم از تہ آرن
وتھن نالن کولن تے جوئبارن

بدلمتی کیاز وقتن ساسہ بدی رنگ
دوہے وچھو کالکیو زخمو ازکی انگ

یہ کتھ پیٹھ زبوٹھ دامن کور وو ہیدو
یہ کتھ پیٹھ بن گژھن تھوور روز عیدو

خدا یس برتر و بالا تہ امجد
تمی دسی لابہ کور نور محمد

— · —

یوٗہے اَکھ سارِ وُے تھوٗورُت اَچھن تَل
یہ دیدَو وُچھنہٕ بابَتھ رَوٗدی بیکَل

دوٗپکھ چشمن اندَر اَسی جائے کَرہوس
اَچھن ہُند گاش وَندہوس - لول بَرہوس

خلیلن دوٗپ خُدایا شاد کَرتَم
گُلِ اُمید داہانس مےٚ بَرتَم

ذبیحن دوٗپ مےٚ گوژھ آسُن نصیبس
بہٕ ژھاین لول بَرہا نوٗرِ دیدس

اَچھن ہُند گاش چھُم لوٗگ وَنہٕ یعقوبؑ
محمدؐ بس محمدؐ ہیوٗن محبوب

— · —

السلام اے شمع انوار جہاں - السلام آئینہ دار کن مکاں - السلام اے سید کون و مکاں - السلام اے واقف

سہ یوسفؑ خوبرویَن منز چھہ مشہور

دوپن نورِ محمدؐ چھم تمس نور

ندا دیت کوہ طورس پیٹھ کلیمنؑ

خداوندا ! ژ نے لیکن سہ وچھن

وونے نوحن غمس منز شادی رٹہ ہم

طوفانس منز سہ تم ہیکہ ناو رٹہ ہم !!!

سلیمانن تہ وون کرہس گدائی

محمدؐ اسمِ اعظم منز خدائی

نوٹ:-

۱- خلیلؑ: حضرتِ خلیل الرحمانؑ۔ ۲- ذبیحؑ: حضرتِ اسماعیلؑ ذبیح اللہ۔

۳- یعقوبؑ: حضرتِ یعقوبؑ ۴- یوسفؑ: حضرتِ یوسفؑ

۵- کلیمؑ: حضرتِ موسیٰؑ ۶- نوحؑ: حضرتِ نوحؑ ۷- سلیمانؑ: حضرتِ سلیمانؑ۔

کرَان گوٚ نغمہٕ خوٲنی لحن داوودؑ
سُہ وُچھنے نعت خوٲنی تس کرَان رُود

وُچھان رُود یس بصد ارمان یحییٰؑ
ژُھنڈِتھ گوٚ ویرٕ تُھنٛزے کوٕہ و دریا

حیاتی کُن دنان اوس ابنِ مریمؑ
دِنہٕ ین احمدؐ کرَن پوٚز دینِ محکم

دنان ہر جایہ پرٛتھ کُنہ ابنِ آدمؑ
شفاعت سُے کریم تُسی کُن نظر چھم

---

۱۔ داوودؑ : حضرتِ داوودؑ۔ ۲۔ یحییٰؑ : حضرتِ یحییٰ علیہ السّلام۔
۳۔ ابنِ مریمؑ : حضرتِ عیسیٰ علیہ الصلوٰۃ والسّلام۔ ۴۔ ابنِ آدم : انسان۔

---

از حضرت سُلطان زبیری صاحب

خُدایَن مُشتہر کوٚر کائیناتَس
اَنۍ چھُم شوٗب ذرّس تہٕ ذراتَس

ہیُژنۍ وانۍ سوٚ گرٕ نزدیک بیٚتھ مَنز
خزانَن گَنڈٕ مُہرٕ زٕنکی چھُم کرٕنۍ سَنز

کرٕنۍ چھُم پوٗرٕ سآرۍ وَعدٕ صُحفکی
ہے تورآتکۍ تہٕ انجیلکۍ، زبورکۍ

صَدا دیُت ہاتفَن لگی اَسہٕ سَنگرٕ
عیاں گو شانِ حق اللہُ اکبر

نوٹ:- صُحف، تورات، انجیل تہٕ زبور بیتر چھ مُقدّس
تہٕ الہامی کتابہٕ۔ یمہٕ چھِہ بیٚتھٕ کالہٕ پیغمبرن تہٕ سوٗزِن پیٹھٕ نازِل سپزٕمژٕ۔
مُسلمانن چھُہ یمن تہٕ بیبہٕ سارِنٕے آسمانی (الہامی) کتابن پیٹھٕ ایمان۔

وما ارسلناک الا رحمة للعلمین

ملائک رحمتکی لگو سورہ پرنے
کوہن بیٹھ شادی یانگی جشنہ کرنے

عرش لوگ نور پھٹی چھکنے زمینس
یکایک لوگ زمین کھے تلنہ سینس

بہارن کرِ غزالخوانی گلمن منز
سرودکی نغمہ جاری بلبلن منز

ملایک وتھی زمینس کرنہ درشن
صباگو کرنہ مُلکس پوشہ ورشن

نوٹ :۔ سوُر :۔ قرآن مجید کی سورۂ شریف۔
کھے :۔ زنگ یتل بتیر۔
غزالخوانی :۔ کاشر رسم خطہ موجب "غزل خانی"۔

ستارو زول کوڑ تے کہکشاں پھلی
گٹ تاریکین ہندی وہمہ[1] شک ژول

نبس[2] ہیچھ خیمہ دِت گو ابرِ رحمت
بہ شفقت کوڑ خدایِن لوڈ عنایت

دِل صحرا سپن مسرور[3] و شاداب
وچھو از پورِ گو تس عمرِ پتی خواب[4] !

دُلو از لوگ پزیک کُن[5] حق شناسی[6]
خدا ترسی، عبادژ، حق سپاسی[8]

—— . ——

نوٹ: ۱۔ خوف ۲۔ آسمان ۳۔ خوش ۴۔ خاب (Dream)
۵۔ بنیاد ۶۔ پزِج پاریزان ۷۔ خودائس کھوژن ۸۔ پوزدرتاوُن

—— . ——

دلو بتر از پیچھ ہر سو منادی !
معیّن گو بالآخر وقت شادی

چھین از رحمۃ للعالمینؐ
مشرّف دل گرتھن دنیا یہ وہنس

مبارک آمنسؓ کو چھ بر خداین
نوازش کریہ ختم المرسلینؐ

جہانس جلو دیث نور مبینن
گدا پرور یتیمن نازنینن

مبارک از غلامن تے غریبن
مبارک از چھ مظلومن ضعیفن

---

سڀني روشن ڪنس ايوانِ قدرت
خدا خود ڏيوٿہ وڇھ وڇھ شانِ قدرت

منور ڪو سراپا ڪوهِ فاران !
پورن صلّ علیٰ اے فخرِ دوران

زمين ڪو تا ثريا عينِ رحمت
ڪو هو پينهٺي وسنہ لڳي شادي تہ فرحت

گلابن دستہ ڪري پروردگارن
گلو سيتي گرکھ ڏرن ڪنڍين نہ خارن

گلاب پاشو خضرؑ لوگ ڇھڪنہ خوشبو
ڇھڪرو ٿمي مشڪ عنبر نافہ هرسو

— - —

بدست تج نور منتقل جبریلن

دو پن زالن ہے اسند بیٹھ دریچن

بہشتی حور آئے ساز کری کری

ڈٹکس تار کھ بتھس اقتاب جری جری

عقیدت ڈالہ بری بری آئے غلمان

جناب آمنس جنت بدلان

فلک لوگ چھلنہ باپتھ تلنہ گوہر

لعل یاقوت مرجان سیم تے زر

شہس کور شاہزادو دایہ تونے

ترے وندہوی زو پننہ ہالین تہ کرونے

من کلام امیر المومنین علی ابن طالب کرم اللہ تعالی وجہہ۔

بسم اللہ الرحمن الرحیم رضینا قسمۃ الجبار فینا - لنا علم و للجہال مال

شہٕ لولاکہٕ سانے اکھ نظر کر
چھ اُسی حاضر ژٕ ہاوو نبے انور

٢ زٕ دٕری اِستادٕ روزٕ تھ خاصہٕ پرِیو
کور کھ روف دورِ کن تھوی کوٕر لُورو

پہٕ شیچھی لوگ ونہٕ اِسرافیل نامی
ملک دِن رحمتس گوڈنچ سلامی

سلامی ہُند مُبارک شوہر وُلی پیو
پہٕ گوشن گو پہٕ گوشن آہنس گو

سلام

بسم اللّٰہ الرحمن الرحیم ان اللّٰہ وملئکتہ یصلون علی النبی یا ایھا الذین امنوا

السّلام اے ذاتِ پاکِ بے نظیر
السّلام اے نورِ حق روشن ضمیر

السّلام اے مُقتضائے کائنات
السّلام اے مُنتہائے شش جہات

السّلام اے چشمِ مازاغ البصر
السّلام اے مُظہرِ شق القمر

السّلام اے طائرِ عرش آشیان
السّلام اے جان و رُوحِ قُدسیان

نوٹ:- مُقتضا = گورمُت ۲- مُنتہیٰ = انتہٰس ودتمت ۳- مُظہر = ظاہر کرن وول-

السلام اے منشئ لوح و قلم
السلام اے امّی حکمت رقم

السلام اے شمعِ بزمِ سرمدی[1]
السلام اے تاجدارِ بندگی

السلام اے شہریارِ[2] سوز و ساز
السلام اے خواجۂ بندہ نواز

السلام اے تاجدارِ انبیاء
السلام اے جلوۂ نورِ ھدیٰ[3]

نوٹ :- ۱- سرمدی = پوشون ۲- شہریار = پادشہ ۳- ھدیٰ = ہدایہ

السّلام اے صبحِ اُمیّدِ غریب
السّلام اے مشعلِ شامِ نصیب

---

السّلام اے فخرِ عالم السّلام
السّلام اے سرِّ آدم السّلام

---

السّلام اے معنئ رازِ نہاں
السّلام اے وجہِ امرِ کُن وکاں

---

السّلام اے ہادئ دُنیا و دین
السّلام اے رحمۃً للعٰلمین

---

السّلام اے نیّرِ دارالمحن
السّلام اے جلوۂ ظُلمت شکن

---

السلام اے محرمِ اسرارِ حق
السلام اے یارِ حق، دلدارِ حق

---

السلام اے چشمۂ صدق و صفا
السلام اے قلزمِ مہر و وفا

---

السلام اے مخزنِ جود و کرم
السلام اے منبعِ فیضِ اتم

---

السلام اے سرورِ عالی مقام
السلام اے شاہِ خوبان السلام

---

السلام اے شاہبازِ لامکاں
السلام اے خاتمِ پیغمبراںؐ

---

اللّٰھم صل علی محمد و علی آل محمد اللّٰھم صل علی محمد و علی آل محمد
یا اللہ یا اللہ یا اللہ یا اللہ یا اللہ یا اللہ یا اللہ یا اللہ یا اللہ یا اللہ یا اللہ یا اللہ

السلام اے قبلۂ دینِ متین
السلام اے نورِ حق طٰہٰ جبین

---

السلام اے دردمندِ بےکسان
السلام اے چارہ سازِ عاصیان

---

السلام اے وارثِ لاوارثان
السلام اے دلنوازِ دوستان

---

السلام اے گوہرِ پُر تابناک
السلام اے جانِ من روحی فداک

---

السلام اے جانِ فاضل السلام
السلام اے غنچۂ دل السلام



# سلام

اے کہ فخرِ انس و جاں! میانبن سلامن گوش تهو
نازش پیغمبراں
میانبن سلامن گوش تهو

—.—

شانِ تو الفقر فخری — مقصدِ رازِ حیات
سرورِ شاہنشہاں
میانبن سلامن گوش تهو

—.—

پایہ بوڈ سرمایہ جودک: رحمتگ فیضک نشان
چھکھ زنجیر بکیاں
میانبن سلامن گوش تهو

حُور و غِلمان، جن ۽ انسان، صد هزار صلّ علیٰ
روز و شب ٿيئي ٿي پران
مياڻن سلامن گوش ٿئو!

پوشه لُڙلو ڪوڙ تبسّم، اڙ پُهلي لڳ بادمن
اي بهار گلستان
مياڻن سلامن گوش ٿئو!

نابڪارن، لاغرن، هو نڌڻن، يتيمن سايه جون
چاره ساز عاصيان
مياڻن سلامن گوش ٿئو!

عالمس بيٺه چون احسان، اُس چهه چائي تر زبان
فاضلس جهلڪه مهربان
مياڻن سلامن گوش ٿئو!

اسماء السادات البدر

# سلام

سلام اے مرکزِ رحمت سلام اے محورِ رحمت
سلام اے قبلۂ رحمت سلام اے کشورِ رحمت

سلام اے بارشِ رحمت سلام اے چشمۂ رحمت
سلام اے قلزمِ رحمت سلام اے گوہرِ رحمت

سلام اے طالعِ رحمت سلام اے مطلعِ رحمت
سلام اے منبعِ رحمت سلام اے مصدرِ رحمت

سلام اے مخزنِ رحمت سلام اے معدنِ رحمت
سلام اے معنیٔ رحمت سلام اے جوہرِ رحمت

اسماءُ السّاداتِ البدر۔

خاطب بن عمرؓ۔ الحباب بن المنذرؓ۔ حبیب بن الاسودؓ۔ حرام بن ملحانؓ۔ حریثؓ
ذکوان بن عبدؓ۔ ذی الشمالینؓ۔ راشدؓ۔ رافع بن الحارثؓ۔ رافع بن عنجدةؓ

سلام اے خاورِ رحمت سلام اے انجمِ رحمت
سلام اے نیّرِ رحمت سلام اے اخترِ رحمت

سلام اے باعثِ رحمت سلام اے موجبِ رحمت
سلام اے غایتِ رحمت سلام اے مشعرِ رحمت

سلام اے ملجۂ رحمت سلام اے مامنِ رحمت
سلام اے اظہرِ رحمت سلام اے مظہرِ رحمت

سلام اے آیۂ رحمت سلام اے سورۂ رحمت
سلام اے مصحفِ رحمت سلام اے مخفرِ رحمت

سلام اے مایۂ رحمت سلام اے خواجۂ فاضل
سلام اے رحمت کاملہ سلام اے زینتِ محفل

اسماءِ ساداتُ البدر

السائب بن عثمان - سبرۃ بن فاتک - سراقۃ بن عمرو - سراقۃ بن کعب - سعد مولیٰ حاطب
سماک بن سعد - سنان بن ابی سنان - سنان صیفی - سہل بن حنیف - سہل بن رافع

# سلام علیکم

سلام علیکم! بہارِ مدینہ
ترے دیو انگہس عرشِ اعلیٰ چھِہ زینہ

سلام علیکم! حبیبِ خدایا!
صفت چون یاسین و طاسین و طٰہٰ

سلام علیکم! یہ چون روے انور
چھُہ زان شاہِ خاور - یہ مہرِ منوّر

سلام علیکم! اژِ ختمِ رسل آکھ
ترے شوبان ترے شوبان سرس تاج لولاک

اسماء السادات البدریہ

طلیب بن عمیر - عاصم بن ثابت - عاصم بن عدی - عاصم بن العکیر - ... بن الربیع - عبداللہ بن رواحہ - عبداللہ بن زید - عبداللہ بن سراقہ -

سَلاَمُ عَلَيْكُمْ! تِہ سَرْدَارِ سونے

تِہ دِلْدَارِ سونے، تِہ غمخوارِ سونے

سَلاَمُ عَلَيْكُمْ! تِہ جنّت بداماں

تِہ جانِ گلستاں تِہ شانِ شبستاں

سَلاَمُ عَلَيْكُمْ! ہے چونِ آسرا جیئم

سَلاَمُ عَلَيْكُمْ! سَلاَمُ عَلَيْكُمْ

سَلاَمُ عَلَيْكُمْ! تِہ اُنّی صِفت چھُکھ

مگر رحمتک مصدرِ عافیت چھُکھ

سَلاَمُ عَلَيْكُمْ! تِہ چھُکھ جانِ فاضل

تِہ حاصل ہے زِن دین و دُنیا چھُہ حاصل

اسماءِ السّادات البدر

عبد اللہ بن النعمان - عبد ربہ - عبد الرحمن بن جبر - عبدۃ بن الحسحاس

الخزرجی - عقبۃ بن وھب المھاجری - عکاشۃ بن محصن - عمار بن یاسر - عمارۃ

# سلام

واہ! وَن رشکِ گلستانس سلام
مہربانس جہان جانانس سلام

چشم نرگس لعل لب غنچے دہن
سرو جانس گل بدامانس سلام

شرح دین یاسین لقب اقرا صفت
ذکرِ حق تفسیر قرآنس سلام

اُون ہنی! اُون ہنی اچھس خطاب
چھے کران حق پانہ مہمانس سلام

نیک سیرت باحیا صابر علیم
فاضلا اتس نقش رحمانس سلام

اسماء السادات البدرہ و اسماء شہداء بدر رضی اللہ عنہم

ابی طلحۃ - ابی عقیل - ابی قتادہ - ابی قیس بن المعلی - ابی کبشۃ

# صلوٰا علیہ دائما

یُوتاہ ستارن ہشد شمار تیتھ لچھ ہزار تیتھ لچھ ہزار
رحمت ہین تس بے شمار صلوٰا علیہ دائما

ہا شوقہ ابن وزمل مثال دیو ازہ بنیس کن تہ ژھال
گوشن تہ کرتس ہیون حال صلوٰا علیہ دائما

ہا نعتہ! شاہس گرژھ سوالی تس ازہ سلامن ہنز تہ ڈالی
پھیر کھ نہ تس نش زانہہ تہ خالی صلوٰا علیہ دائما

ونتس گونا ہگار سائنس یمپوشہ سرگوٗرت دلس
اتھ منز بناہ ازہ ناوِ وس صلوٰا علیہ دائما

فاضل! یہ نعتک پوشہ چھوٗت اوسے منے پیٹھ زن سو گرٕ ووتھ
میانس شہس تام ٹار کھوتَس صلوٰا علیہ دائما

ازہ مظفرّ حسن ظفرؔ (پاکستانی)

احمد مرسل محمد مصطفیٰ معیار دین سرگروہ انبیاء محبوب رب العالمین شاہکار

# وَنہ وُن

(اَوّل مَا خَلَقَ اللّٰہُ نُوری)

---

اَدِے پَاوِ گوچون نُورَانے ۔ جانِ جانانے ہاو دِیدارْ !
نُورستی زندگی شولہ بارانے
جانِ جانانے ہاو دِیدارْ !

---

عَرشہ پیھِی وِچھماکھ شاہ خوبانے ۔ تی وِچھتھ بیٹیں اسمانے لو
پایہ بڈِہ لگیو ہاو تابانے
جانِ جانانے ہاو دِیدارْ !

---

سودا میون نا کُنہ دو کانے ۔ یہ فقط میون کریانے لو
عربی لالن دِیتم پانے
جانِ جانانے ہاو دِیدارْ !

---

بسم اللہ الرحمٰن الرحیم ۝ والضحیٰ ۝ واللیل اذا سجیٰ ۝ ما ودعک
یا مقسط یا مقسط یا مقسط یا مقسط یا مقسط یا مقسط

مکہ وتہ لوسم چشمہ وچھانے - ہتہ کنہ ہتہ اکہ آنے لو!
بلہ یا ، توہ یا ! چانہ نورانے
جانہ جانانے یاو دیدار!

---

شمعکی پاٹھی چھے روے تابانے - دہ دہ لوگ پروانے لو!
دزہ یامرہ یا یہ کوود زانے
جانِ جانانے یاو دیدار!

---

گرہ میون یکھتا ٹاٹھ مہمانے - سنہ گوم ژیٹی یا پیارانے لو!
وتہ وتہ چانہ چھس چشمہ وتھرانے
جانِ جانانے یاو دیدار!

---

ساقین چاونس جام عرفانے - فاضل گو یامستانے لو
پاری پاری لگیو سانہ نعت خوانے
جانِ جانانے یاو دیدار!

---

از حضرت سیّد خواجہ بہاء الدین نقشبندی بخاری رح

موصُم دُلہٕ یتیم چھِ حضرتِ حلیمہؓ ہِندِس وچھس تَل

دامہٕ دامہٕ دوٚد دِیوان ۔ سو چھِ اُمِس نِنٛدہٕ بالَنش

تھٔلہِ تھٔلہِ وُچھان تہٕ اُمِس رایہٕ برتھ تازٕ تازٕ ہری بٔتٕر

وَنان وَنان زَوان ۔

## نورِ ازل

اَسہٕ گنٛڈی ازلی نورَس دری ۓ شوٗب اُفی آنسر وٚرِیۓ لو

گٔنہ ۂنٛزی گاہ ترووٕ تاہ اَلورۓ

شوٗب اُفی آنسر وٚرِیۓ لو!

—・—

موصوٗبہ شانا! سوٗرہٕ پری پری ۓ ۔ زوٗنہٕ تہٕ لوٗہر تاہ کہ مال

نورِ وِن جامَن تِلہ جری جری ۓ

شوٗب اُفی آنسر وٚرِیۓ لو!

—・—

اللّٰھم صل وسلم وبارک علیٰ محمدٍ وعلیٰ آلہٖ واصحابہٖ واتباعہٖ اجمعین

روے چھے مُصحف آنہٕ گرِی گرِی ۔ حقہٕ سُبحانن میٹھی کرِنے
وُٹھ چاۓ کوٹرِ ۔ دنْد شیٖرِ عِۓ!
شوب اُنی آنسٕ ورہ سٕے لو!

—•—

چشمہ چھے مازاغ کھاسی برِی برِی ۔ تۄنشان یم وُچھت آبِ حیات
زندگی آے لوگ زِندہٕ مرِی مرِی!
شوب اُنی آنسٕ وری سٕے لو!

—•—

ذاتن حدٕ رسی تعریف کرِی ۔ یتہٕ برٕونہٕ وُچھ وُچھ لول بوٗنی
لچھ بدی صلوٰۃ تۄتہٕ نازرِی!
شوب اُنی آنسٕ وری سٕے لو!

—•—

سالس اَنہٕ ہے حورِ تے پرِی ۔ وِز وِز وِنہٕ ہے معشوق!
رو پیٹھ تَنہٕ لاگے پۄٹھ تے زرِی!
شوب اُنی آنسٕ وری سٕے لو!

—•—

وَتہٕ وَتہٕ لُوکَن کرِزٕ راہبری ۔ گُمراہی نش پور رچھی نکھ
ذاتَن مُشکل آسان کری !
شوٗب اَذٕ آنسر وٗرِی لو !

—.—

شاہِ کولاکو! روزِ دری دری ۔ سینز رُک پٕرٕ رُک ژٕونگ زٕ ولُتھ
فاضِلن! اسی گزٕھو تار تری تری!
شوٗب اَذٕ آنسر وٗرِی لو!

—.—

## حلیمو!

حلیمو رچھن کانہ یاتہ امانت
اُمس پٹھ ختم رازٕ شان نبوّت
ثراہ! الرحمٰن راہ یتہ درِّ یتیماہ
محمدؐ یہ چھے عالمین شفاعت

—.—

کلام حضرت شیخ العالم شیخ نور الدین نورانی رحمۃ اللہ علیہ

## نعت

کَل گنیم یا محمدؐ چانی کَل
مُشکلن منز زندگی سپنزم سہل

زٕ گُنم سودا کورُم چوٗنے خیال
یا محمدؐ قیمتی ہیتھ ما حصل

اِضطرابس منز زہتس ہیوم ناو چون
بے خبر یا آہٹی منز رُم اَمی لانِز وَل[۱]

ہیون اَکھ اَکھ رُم دوان نعتس زبان
ہیون پرتھ کانہہ اَنگ چھُ نعتس ستی رَل

فاصلا! چھُم زندگی ہُند وِیثر[۲] فراق
اَمی فراقن کر تھوم نسیخ محل[۳]

[۱] دل = گنڈ۔ [۲] وُیثر = جائیداد [۳] محل = گنجائش

از حضرت میر غلام رسول نازکی

یا رحیم یا سلام یا مومن یا مہیمن یا عزیز یا غفار یا فتاح

الله الله این عنایت اے رسول ہاشمی
سرنہادم زیر پایت اے رسول ہاشمی

# اَنسَر وٕرِیٛے

عِلمٕک سِیر بوٗ اَکِ اَن پٕرِیٛے۔ آنسَر وٕرِیٛے کرِ بیٛدار
کَم کَم زیٖرَک گے شَشدَرِیٛے
آنسَر وٕرِیٛے کرِ بیٛدار

—.—

مَکہٕ وَتہٕ دِرہٕس کَنہٕ بِرِی بِرِیٛے۔ یَثرِبہٕ ہو گرِنٛش زٕلرٕوِیم
بَدنی حوٗرٕ گُنڈی ہٕس دِرِیٛے
آنسَر وٕرِیٛے کرِ بیٛدار

—.—

شَقُّ القَمَرچ چھُس بَرتَرِیٛے۔ تہٕ کُرتھ وٕنٛہِس جوٗدُ و کَرَم
گُمراہ گے یِم اَزلَن کرِیٛے
آنسَر وٕرِیٛے کرِ بیٛدار

از الحاج جوھَر چاندورٹی صاحب

—.—

بلندی میں فلک آثار ہوں ہیں۔ گدائے احمدؐ مختار ہوں ہیں، رسول اللہ سے نسبت ہے کچھوچھہ میں سرکار

زانٛز وانۍ تھوِتس مالہٕ کٔرۍ کرۍ ہے ۔ بے زانٛز بالہٕ گٹنڈۍ وتہٕ تراوِتس
اَسہٕ تھوٗو شب روز پیالہٕ برۍ برۍ
آنسر ورُٹھے کرۍ بیدار

— — - ——

گرٕ سوان بیہ نا ! تلہٕ ناٹھرۍ ہے ۔ کلہٕ پان تراوِس پادن تل
وتہٕ وتہٕ تھوٗہس دید جٕرۍ جٕرۍ
آنسر ورۍ ئے کرۍ بیدار

—— - ——

راتس دوہ کوٗر روے انوٗرۍ ہے ۔ ظلمات روشن کوٗر نبین
ذرٕ کرۍ تارکھ ماہ پیارۍ
آنسر ورُٹھے کرۍ بیدار

—— - ——

قیمت کھوٗر نم تمی جوہرۍ ہے ۔ فاضل رٹندار دِل کیاہ اوس
پھٹمتی دِل گے تس نش ارۍ
آنسر ورۍ ئے کرۍ بیدار

بسم اللہ الرحمٰن الرحیم عبس و تولیٰ ان جاءہ الاعمیٰ وما یدریک لعلہ یزکیٰ

# معشوقه!

نبين وليين ٻنهانئ سرداري، معشوقه لگيو پياري هائے
دمه دمه جهيم ٻهانئ ياد آواري
معشوقه لگيو پياري!

ذاتن ٻيله كور فرمان ٻماري، لچهه بدي عالم پادا گئے
تمه ٻڌنهه نور جهون اوس ڙوپاري
معشوقه لگيو پاري ئے!

اهنس نراهم خوشن ناگئے ساري، گته ٿج عالم روشن گو
ذر گري تار كهه در شهوآري
معشوقه لگيو پاري!

بسم الله الرحمن الرحيم اللهم صل على محمد النبي وازواجه امهات المؤمنين وذريته

بابَن اوِیے مِیتر گُل کھاٲرِی ۔ ژاہِل تراوُن یاد نور وُد
اَن یَرِ! لدُنی علمَن ہارِی
معشوقہ لگیو پارِی ٲسے!

— · —

عربکی عجمکی ژیٚنی پیتہ لاٲرِی ۔ بہنے وری بَن بنز اوسکھ
موصوفہ شوبی آنشر واٲرِی
معشوقہ لگیو پارِی سے!

— · —

سُلہ سُلہ ذاتن کرنے پارِی جبریل فرقان ہیتھ سوزے
سنہ کنی ژتجہ پا آغا مشبارِی
معشوقہ لگیو پارِی ٲسے!

— · —

معراج چون چھم آئینہ داٲرِی ۔ مَلکن فلکن سارہ گورتھم
ذاتن کرنے میہمان داٲرِی
معشوقہ لگیو پارِی ٲسے!

از جامع الکمال حضرت الیشان شیخ یعقوب صرفیؒ

بسم اللہ الرحمن الرحیم - دل بندۂ محمد و آل محمد است - جان خاک آستانۂ

کوثر کرِ ہے پیالہِ بردارۍ ۔ رِضوانی جنتس جائے ژیرے
حورو کرِ ہے خدمت گارۍ
معشوقہِ لگیو پارۍ ئے

—-—

چانہِ ستی رُوحس ہے چھ بیدارۍ ۔ ژے ہا چھکھ میانین دِیدن گاش
ہے ہا چھم چانی لولہِ بیمارۍ
معشوقہِ لگیو پارۍ ئے

—-—

ژیٚنۍ کُن چھ وچھان اُمتی سارۍ ۔ ژے چھکھ ارمان ژے چھکھ آش
اَسہِ رَچھ پننہِ نو عملو خوارۍ
معشوقہِ لگیو پارۍ ئے

—-—

یا نبیؐ ! فاضلس چانی لاچارۍ ۔ ہیٚتہ کُنہ کاستس منہ کامن
نکھ ہیتہ للہ ، لوز تس زارۍ
معشوقہِ لگیو پارۍ ئے

—-—

# جانِ جانانو!

جانِ جانانو! جانی دڑی چھم تے۔ ترے چھ ہیون غم تے وندہے جان!

ترے چھم یاور، ترے محرم تے

ترے چھ ہیون غم تے

وندہے جان!

---

تریو چھتہ رنگ روٹ گلزارن تے۔ تریو چھتہ پروترآو آفتابن

صبحکی نورن پی وو شنم تے

ترے چھ ہیون غم تے

وندہے جان!

من کلام حضرتِ خواجہ عطار صاحب رحمۃ اللہ علیہ

گو قبلہ نما خواہی من روی محمد را۔ محراب دعا کردن ابروی محمد را

سبحان اللہ سبحان اللہ سبحان اللہ سبحان اللہ سبحان اللہ سبحان اللہ سبحان

مازاغ چشمو ہول گور ہم تے ۔ طٰہٰ روین مُزراوس
واللیل ہوین نافہ چھو کمن تے
تُرے چھ ہیون غم تے
ونہ ہے جان!

—

کاش ہا سور لوم دون دیدادن تے ۔ ونہہ گرہ ہم منز نتہ دیدار ہاو
ٹاٹھس جانس چھم لمہ لم تے
تُرے چھ ہیون غم تے
ونہ ہے جان!

—

فاضل! خوش چھے سور عالم تے ۔ نوشیون خوش چھے بر بر چاو
دل چون مثل جام جم تے
تُرے چھ ہیون غم تے
ونہ ہے جان!

—

از کلام حضرت نسیم بستوی صاحب

ہے عزت و احترام محمدؐ ۔ ہے عرش حق زیر مقام محمدؐ ۔ کتاب الٰہی پہ ایمان لاؤ ۔ کلام خدا ہے کلام محمدؐ

# معراج

ندنی لالو اُتمیٚ تہِ چھےٚ روشن ۔ میٚتہٕ گوگوشن ژیٚرےٚ چھ معراج

دِل تہٕ چھُم توشَن شیٖل تہٕ چھیٚم توُشن

میٚ تہِ گوُشن ژیٚرےٚ چھُ معراج!

حُورَو بیلہِ لوٗز آیہٕ مَنز ہوشَن ۔ ژکرکھ پُزی پاٹھی سیرِ افلاک

باگرکھ مَیہٕ عرفان ہٕ نوشَن

میٚ تہِ گوگوشن ژیٚرےٚ چھُ معراج

اَسرار باوی باوی دِل چھُہ چون توشن ۔ ذاتَن ییٚمہٕ شیٚہ کورٗ یہ اِظہار

اُدن مِنی دوٗن لب خاموشَن

میٚ تہٕ گوگوشَن ژیٚرےٚ چھُ معراج

من تصنیف مولانا مولوی محمد حسین صاحب وفائی خانیاری معلم نور اللہ مرقدہ

بسم اللہ الرحمن الرحیم ملاذا سیدا امرت پناہا معاذ اعاصیان راعذر خواہا شفیعا

فقیری بی سروسامان فتادہ متاع عمر خود برباد دادہ گدائی بی نوائی مبتلائی بلای بر خطای خیر راہی

رنگہ وٲلۍ رنگہ رنگہ کورنے روشن۔ ڈیکہ چون ہوۓ چون ہشلِ آفتاب

زیوٚ چھیتھ رنگ روٹ اُمی ھ لیچھ پوشن

ہے تہ گوگوش۔ زرے چھ معراج

— · —

شوقہ ستی نورُک گاہ پیو گوش۔ پوشِ منز زالکھ ہس بآگران

سہ شراب لُوٗر بو لور ہا سر پوشن

ہے تہ گوگوش زرے چھ معراج

## محمدؐ

محمدؐ چھ آئینہ رو اللہ اللہ!

بہ تمی سند کران گفتگو اللہ اللہ!

ہے تمی سنز شمس میانی آئینہ داری

یہ آئینہ چھم آبرو اللہ اللہ!

از حضرت شمس تبریزی رحمۃ اللہ علیہ

یا رسول اللہ حبیب خالق یکتا توئی برگزیدہ ذوالجلال پاک بے ہمتا توئی

انوارِ محمدی

# قرآنی مشاعرہ

سنہ ۱۹۶۸ ہس منز آیہ قرآن مجید چ ژوودہ شتیم (۱۴۰۰) وری مناونہ۔ اتھ سلسلس منز آو مدرسۂ انجمن نصرۃ الاسلام سرینگر کس ہالس منز اکھ قرآنی مشاعرہ کرنہ۔ اتھ منز یہ مصنفن پورنہ چھ بوان یمن صفحاتن منز درج کرنہ۔

## کتابُ اللہ

ژوودہ ستھ وری یہ گے از تام پتھکن
خدایس ییو پننِ قولن ناون
کتابُ اللہ سوزن جستہ جستے
ہیوتن دِلی روح آدم پھانپھلاون

بسم اللہ الرحمن الرحیم ۔ والشمس وضحٰہا ۔ والقمر اذا تلٰہا
یا باقی یا باقی یا باقی یا باقی یا باقی یا باقی یا باقی یا باقی

## مرحبا!

قرآنک ازر ودن امّی یتیمن

کورس لبیک اٿھ پیھ ششجهاتن

تمس صد مرحبا عقلِ سلیمس

وبڑھو قرآن تمی سندذات پاکن

— - —

## شانِ قرآن

قرانچ شان وچھی تو بازرس ہیوہ

تغیّر زیر اٿھ ما زبر ما گوہ

حبّن کرّی حیله سازہ نوکته دانوہ

سُنٹھ حرفن تموہ آخرہ زہر کھیوہ

— - —

بسم الله الرحمن الرحيم - اللهم يا الله يا رحمن يا رحيم يا شافي صل وسلم وبارك على حبيبك ... وصفيك

# ایماں نچ حرارت

قرآنک جذبہ ایماں نچ حرارت
براں رو حس خودی عزت شرافت
مسلماناں بہ لے رٹ گو سرفراز
کراں دوہن عالمن اوس بادشاہی




ستارو دور بہ قرآن آبہ آئے
جمع گے حرم کعبس زحاپہ زھائے
سپن محوے ترنم کوہ فاران
پور کھ اللہ اکبر جاپہ جائے

از حضرت اقبال رح

صُبحِ صادق چانہ رُوئک اَکھ نشان
اَکھ نشانہ چانہ جلوُک کہکشان
تارکن شرز گرِکھ تہ شامکی لالہ زار
یا رسُول اللہ تُرے چھی یم گتھ کران

سورۂ مزمل

والصُّبح

قرآنک سورۂ والصُّبح پرِ پرِ !
مے کوُر اندازٕ کیاہ گو شاہ لولاک !
سہ گو یس وجہ امر کن فکان گو !
چھ تمُو سُند معجزاہ اَکھ سارِ افلاک !

بسم اللہ الرحمن الرحیم - یایھا المزمل قم الیل الا قلیلا نصفه او انقص منه قلیلا - او زد علیه
...ذا غصة وعذابا الیما یوم ترجف الارض والجبال وکانت الجبال کثیبا مهیلا

# حقیقتِ قرآن



حقیقت قرآنچ قرآنچ حقیقت!

محمدیہ زانی تہ زانی محمدؐ

تلاوت کرِنی طفلِ مکتب تہ زانِن

رموز و معانی تہ زانی محمدؐ

شہادت دِوان گے صنم حرمِ کعبکی

کرِز دُرفشانی تہ زانی محمدؐ

ذالک الکتاب لاریب فیہ ذالک الکتاب لاریب فیہ ذالک الکتاب لاریب فیہ

قُرآنُک وجوٗدے سرن ہُند چھُ آگر

سرن ترجمانی ، تہٕ زانی محمدؐ!

توٚہُند اَکھ تبسّم چھُ تفسیرِ قرآن

اَچھ رازدانی ، تہٕ زانی محمدؐ!

قرآنچ سلاست چھ یے سلسبیلچ

روانی روانی ، تہٕ زانی محمدؐ!

چھ لفظن لطافت تہٕ حرفن ترنّم

اثر جادٕ دانی ، تہٕ زانی محمدؐ!

خدایَن بخش اُمّتس فیض قرآن

پہ کرتھ مہربانی ، تہٕ زانی محمدؐ!

# محمد صلعم

کنڈن منز چھ پھولمت گلابہ محمدؐ
وچھن یتھ گلاب: بوڈ ثوابہ محمدؐ

رسولِ خدا آب وتاپک نمونہ
نمونہ موٗلل: لاجوابہ محمدؐ

خدایس نہ حمد کھنہ۔ رسولسؐ نہ اندکنہ
خدا اکھ سرابہ۔ سرابہ محمدؐ

دلس بخشنس منز نہ تس کنہہ حسابہ
حسابس اندر بےحسابہ محمدؐ

مےچھم آرزو فاضلا خاکی گوژھہ ین
وچھن گوسہ خوابہ اسہ خابہ محمدؐ

ازحضرت شیخ فخرالدین ابوالفضل شاہ عبدالوہاب نوری صاحب عین العرفان

خاتم انبیاء امام رسل۔ قاید خلق سوی خیر سبل۔ سایۂ خلق خلیفہ مطلق۔ کار تبلیغ

# یارسُول صلعم

برہنہ میانین دوٚن اُچھن منز گردِ نعلین یارسُولؐ
تاقیامت ڈیشہن ژیٚی میانہٕ عینین یارسُول صلعم

چانہٕ روٗیک، چانہٕ دیدارُک تمنّا یارسُولؐ
اُدن مِنٛی چھے ژےٚ گاران حق تعالیٰ یارسُول صلعم

صاحبِ معراج چھکھ رفرف سوارہ یارسُولؐ
رازِ حق روشن ژےٚ نِش، چھکھ رازدارہ یارسُول صلعم

پٕھکھ ژٕ اکھ اِنسانِ کامِل، چھکھ مکمّل یارسُولؐ
چون فیضِ عام لوکن پیٹھ مسلسل یارسُول صلعم

ریگ زارن سیٚکلین منٛز ژٕ ہے گُلستاں یا رسُولؐ
رَحمتُک پوٚز سایہٕ ژٕ ہے چھکھ اَبرِ باراں یا رسُول صلعم

حِکمتُک سر چشمہٕ ۔ علمُک چھکھ مُجسّم یا رسُولؐ
میاَنہِ کَم علمُک تہٕ کَم مایک ژٕ ہے چھےٚ غم یا رسُول صلعم

چھُس نہٕ مسجِد ۔ چھُس نہٕ اَسوَد ۔ سنگِ خارہ یا رسُولؐ
سَخ تہٕ چھُس کَم مول تہٕ چھُس ۔ لیوٚز کانٛز چارہ یا رسُول صلعم

کانٛہہ سلیقہ چھُم نہٕ پانَس کانٛہہ قرینہٕ یا رسُولؐ
آش ہیتھ چھُس ۔ آس بَرتَل ہٕ دلخزینہٕ یا رسُول صلعم

چانہٕ برکژٕ دینِ حق زونُم تہٕ پرٛوُم نامِ حق
اَلغرض چھکھ فاضِلَس ژٕ ہے دینِ و ایمان یا رسُولؐ

اللھم صل علی محمد عدد علمك وصل علی محمد عدد حلمك وصل علی محمد عدد

# محمدؐ

اُچھن منٛزٕ مےٚ نے آسہٕ نورٕ محمدؐ

ہےٚ ہیوٚ اوٚن زمانس اندرٕ آسہٕ ما کانٛہہ

بنامِ محمدؐ شفایاب عاشق !

بیمارس تمس ہیوٚ نہٕ دادِن دوا کانٛہہ

کرِتھ یُس صدا گو، تہٕ دامن برٕتھ آو

تمِس نشِ یِوان چھا زٕ ہوٚرے بے نوا کانٛہہ

کمِس اُچھ رلاو عمرِ بازاغ چشمو

تمِس ہیوٚ وو تھیا درجہان باحیا کانٛہہ

ہےٚ بأوچھ ووٚنمُت سُہ درِ یتیماہ

تمِس ہیوٚ نہٕ فاضِل ! گُہرِ بے بہا کانٛہہ

## امی (ان پڑھ)

ان پرن اکی پری ہتھن وزر آگہی

علمہ والین پیٹھ کرن شاہنشہی

زانی کاری پیٹھ نہ انسانس ہنر

اورچی آسپس تہ وارس یود مر

گاشدارس نظرِ تل بتراٹ نو

تس چھ مصحف سنگرن ہنز ہیژ تہ کنی

جبرئیل ییس گاشہ کوہ نڈ پیٹھ پرن

سینہ منز تھ علم لدنی پیٹھ نوان

بسم اللہ الرحمن الرحیم انا انزلنہ فی لیلۃ القدر وما ادریک

یا رشید یا رشید یا رشید یا رشید یا رشید

یَس دِینٕ کَر یاوَرِی وٲنِتھ سُہ پیو
تَس زِہَس مَنز سارِ کُل معراج گوٚو

قاب قوسینک تھزر پرٲوُن سَہَل
کُنہِ رَس دِیوانگہَس پیٹھ بے محل

عشقہ رَسی گُلشن تہٕ صحراوُک گوبر
عاشِقَن نورِ نظر شہوارہ دُر

بے رحم۔ بدپیِس۔ گکھرِ۔ گنشوُل کار
صاحبِ معراجہ! دِیتھکھ گاٹہ جار

اکھ محمد ﷺ لچھ ہزارٕ تُشنکھ گاشہ مَر
اَمی سندی سیتی عالمس روشن جِگر

از مولانا ضیاءُ القادری صاحب رح

اَکھ مُحمّدؐ کائِناتُک آرزوٗ ے

آرزوٗ یَس یا مُحمّدؐ یِژھ بروٗ ے

اَکھ مُحمّدؐ دین و عرفانُک دُلیل

یِژھ دُلیل سارِنی خلاصی ہُنز سبیل

اَکھ مُحمّدؐ رازِ حق سوٗخنُن امین

قوربہِ واٗلِس زیرِ پا عرشِ بریں

اَکھ مُحمّدؐ کائِناتُک آگہی

ابنِ آدم : ظاہر و باطن صحیح

اَکھ مُحمّدؐ روزِ روشن تابناک

تُسی ووٗنم رُوحی فِداک، رُوحی فِداک

اَکھ مُحمّدؐ صُورتھاہ حُسنِ کمال
پُرجمال و پُرجلال و پُرخصال

رٗوی وُچھتھ شربان اَصل کاشرِ گلاب
یوٗدِ وُچھکھ زینکھ ثواب ہٕندی ثواب

کارِ اُندی اُندی سوٗنبُلین زُلفِ دراز
یم تہٕ دِلکش۔ یم تہٕ پُرقی پُرقی۔ یم تہٕ ناز!

پُرتبسُّم وُٹھ : ہوٚ لِلی لعلِ یمن
اَکھ تکلُّم : پھُلی نِشاطن ہٕندی چمن

چشمہٕ ڈیشتھ وَن غزالن لوٚگ فریب
ڈیشوٗنی آبِ حیاتک لوٚب ہہ نیب

حلقہ ہوی ٹارہن اندی رنگِ شفق

دِلربا چھس چشمہ! یِی منشاے حق

ریشمی ابرو زِ عیدن ہشدی ہلال

مشرِقیح قوسِ قزح، رنگین خیال

اکھ محمدؐ خوش خراماں لاجواب

تس چھ پوت ژھاین کراں گتھ آفتاب

سرورا! قرآں صِفت چھکھ ہیر بون

اشتیاقس منز بنو وکھ قودرتن

فاضلن دوپنے بہ وندہ ہے ہول ہوج

لولہ والیا اتھ دِوان گژھ وج وج

از اعظم چشتی (پاکستانی)

آفتاب زندگی کی ہے شعاع اولین - نور سے تیرے فلک روشن درخشاں ہے زمیں تو ہے شہزادہ لیا ہے وقار

یوٚد خدایس نش سبق پرادن پیٚیئ
یوٚد منس پیٹھ لور پرچھ دیادن پیٚیئ

یوٚد خدایس نش خودی بارنی پیٚیئ
آہنی تیٚہ تس نشے کارنی پیٚیئ

کاٗہناتچ آگہی قرباں ژرے پیٹھ
یا محمدؐ! کتھ یہے اکھ صاف کتھ

سکتہ ہوٚی زیبناں چھم تم بوزاں چھ یم
ات پرا! زور طاقت گفتارم

کہوچن فاضل کھسن آسی قبول
رٹھ خدایس نش ژ دامان رسولؐ

از حضرت شمس الدین حیرت کاملی صاحبؒ

دل شگفتہ روی رسولؐ مدنی شد - المنتہ اللہ کہ مسافر وطنی شد۔ یاسین لقب آں

# سعادت

نبیؐ سٕنٛز غلٲمی سعادت سعادت

یہ پٔزٲوم : یہ تٕہنٛزے عنایت عنایت

تُہُند خاکِ پایَن نہٕ چھُکھ کیمیا گر

کھوٚتُس سوٚن بناوکھ لبکھ تُیوٗت طاقت

یِہِنٛس فکرِ توٚر رٕٹ چھُ اَلفقرُ فخری

سُہ گوٚ بے نیاز، تٕمِس کینٛہہ نہٕ حاجت

تُہُند رمزِ رحمت سخن گنجِ حکمت

ارسطوٗ بناوان چھُ تٕہنٛزے اطاعت

ہتا فاضلا! بارہا جلوٕ دِی دِی

مےٚ پٔرزٕہنے تٕمی بخشُنم یوٗت عزت

از مولینا سیّد مبارک شاہ گیلانی صاحب فطرتؔ

# اَکھ بیٚتماہ

اَکھ بیٚتماہ ! عینِ خاصُ الخاص تَے

سُے چُھ اَفضَل ۔ سُے چُھ خَیرُ النّاس تَے

نورِ تاباں زٕوٗر چُھ اَکھ شَمعِ ھُدایٰ

اورٕ ژھوٚتکھ آفتاب لَچھ ساس تَے

اَن پَرَن دۄ پَنٕہ ہیٚچھِن اللہ سوٗرن

زانٕنی والیا ! نُسخہٕ اویا راس تَے

علِمِ لُدُنی وانٕہ ناوان جبرئیلؑ

اَتھ اَندرٕ خالِص مُحمّدؐ پاس تَے

مُنزلِچ وَتھ اَکھ صِراطُ المُستقیم

یوٚد پکھ اَتھ پیٹھ ترٛلی وَسواس تے

زانِی والی دوٚپ: زانِنہٕ لگہٕ میون ذات

طالبا! حیدرؑ کرم دوٚنن اَتھہ نیاس تے

سوٚرگہٕ وِیژھ آخرچھ کیہنہ باغات بس!

ذاتِ اَقدسُن جنّت الماواس تے

روٗیہ وُچھتھ حاراں گلاب کاشمر

زُلفِ مُشکیں عنبرِ ساراس تے

آس فاضل لچھ ہزار صلوات ہیتھ

کم نصیبا اَکھ برستل آس تے

# مُجَسّمۂ نعت

عرش و فرشنک گورمُت اکھ دِلنشیں
یا الیقیں سُے رَحمتہ اللّعٰلمینؐ

اکھ رِسالَت تَتھ اگر خاتَم دِپَو
اکھ مُحَمّدؐ اَتھ چھُ سَرتا پا نگیں

اُمِیاہ ! سُے عینِ اِسلامی شرع
دِیندارَن ہُند چھُ سُے دُنیا و دیں

صاحبِ قُرآن سُہ تفسیرِ قُرآن
رَمزِ و وَلہٖ ! نکتہٖ دانہٖ ! نکتہٖ بیں

اللھم صل علی محمد و الہ - اللھم صل علی محمد و الہ - اللھم صل علی محمد و الہ

آمِنٕ نُورِ نظر۔ دُرِ یتیم
ڈیشوٗنی دوٚپ ہیرِ بوٗن جاذِبے ترین

روٗے انور: تازٕ پوشن ہُند شبیہہ
پیکرٕ شمشادٕی سرو و نسترن

دست و پاشینٕس شرینٕچ پمپوشہ دِل
ازلکٕس آدم گرُن ذوقِ حسین

معجزاتن ہُند سُہ سرچشمہ وسیع
دُشمنن کیو دوستن ہُند پوز امیر

جامینٕ ووٚٹ فارسی نغمک ہُرد
کأشرِس منز چھُے یہ فاضل خوشہ چین

بسم الله الرحمٰن الرحيم




غلام ساقئ کوثر جهه فاضل
يه نعنگ اکھ سمندر پیھنه ساحل
سنبر ويدي جهس: چهيم گوهر بداماں
امس الياس اتھ منز پير کامل

—.—

چانئ ابروِ يا رسول الله پيام صبح عيد
چانه مازاغ چشمه نرگس باغچن پوشن نويد
گل شمته اونگشت بدنداں گئے وچهان چون خد وخال
چانئ روخسار تازتره رنگيں بهارن ہنز اميد

اللهم صل علی محمد عدد من صلی علیه وصل علی محمد عدد

شہسوارِ عرش اعظم : اَکھ رسولِ ہاشمی
کُنی رکین رازن چھُ محرم اَکھ رسولِ ہاشمی
صاحبِ معراج : تسی اوت اُدن مُنی چھُ خطاب
لاشرِکیس پوٗزھ تہٕ ہمدم اَکھ رسولِ ہاشمی

— · —

دِلن کڈ دوٹھ دوپن دوبارِ وُچھِن
وچھت دوبارِ بوُون والہٖ وُچھِن
گنڈی گنڈِ وُچھان گوبہ سغن[4] رووی
بدٔ گنڈی دوپن وُچھِن اگر دوہ تارِ[2] وُچھِن

فاضلا اچانن کتھن چھا اعتبار
اعتبار کُ وُیژ[2] محمدؐ باوقار
یم سخن ین نعتکس حلقس[1] اندر
تم چھ پزی یاقوت و گوہر شاہوار[3]

نوٹ:- ۱- حلقہ = دائرہ ۔ ۲- وُیژ = مال و متاع ۳- شاہوار = شہن لایق۔

قدس چانِس وُچھتھ ساٸران دِلوٚ بے!
حقیقت وننہ اتھ ہیوٚہ کانہہ سر وچھا!
خیالس کتھ شبیہہ دِژمژ گارن!
بناوِتھ وننہ لوٚگ ووٚوا یہ ق یہ کیاہ!

روخن دوہے چھیم زن لالہ صحر آوی
گُلن توٚت ووزل رنگ اَتمہ زن ر آوی
مگر پوٚز نیب دُیت کاشرِ گلابن
مےٚ نعتس منز زِ کُن لوٚگم اَمی ناوی

کتھن چھے قدرتن دِژمژ لطافت
خیالاتن شۆزر عظمت نزاکت
فصاحت لُطفِ گویائی فداژیت
مخاطب ایس کرکھ تس آسہِ قسمت

نوٹ:- ۱۔ شبیہہ۔ صوُرت، پیکر ۲۔ توٚت ووزل۔ نوٚن ووزل ۳۔ اَمی ناوی۔ اوَمِ سوٚکھا

اللّٰھم صل علیٰ محمد و آلہ۔ اللّٰھم صل علیٰ محمد و آلہ۔ اللّٰھم صل علیٰ محمد و آلہ

ژ کسہ ہیو چھکھ! تژے ہیوہ نا کنہہ بشر آو!
تژے کورنے پانہٕ ذاتن حسنہٕ پاراو!
لگے نا پآری پآری ژھاین تہٕ گراین!
قدم ہیانن اُچھن منز ازہنہ تھاو!

یکھن جون گران سیاِ آنس خد الیس
ونذے نا چشمہ چھاسِ آنس خوش خرس
ژرے وچھ وچھ تُرے بادِ نسیمن
گنان کل ویتھ چھے لیس وکھو نس

میانہ عشقک اکھ مجسم سیم تن
نائی لاالٰہ شان لو لاکک پھرن
زونہ افتابس تہ ادمان ڈینک
فاضلا! گو نظریتھ صاحب کمن

نوٹ :- ۱۔ ہنہ = کیونژ کالہ۔ ۲۔ ترابے = طرز ۳۔ لولاک = الگرز اسپھ کھنہ

دۆپٕھ گیسو تٕرے چھی زٕن عشقہٕ پیچاں ۔ اَڈٕ لۆدۆپ ہیم اوٚیزان تابہ داماں
حقیقت نٔنی گیم ژٕہیٚ رۆبرو یتھ ۔ خدایَن پانہٕ پھلرو و سنبلستان

جبیں چون عاشقو زون کعبۃُ اللہ ۔ دِتکھ اتھ سجدٕہ! ہے! لولَس کوٚر کھ دٕہ
ہیٚے آمُت نظرِ منزٕ وَالصُبح اتھ پیٹھ ۔ پرٲن یس تم یمَن چھے چشمہٕ آگاہ

مُحمدؐ مصطفیٰؐ سرچشمہٕ نورُک ۔ منورٕ کوٚر تمی عالَم ظہورُک
چھُ کیاہ اکھ ذرٕ مقابِل آفتابَس ۔ تمِس نش جلوٕہ ڈولان کوہِ طورُک

مُحمدؐ پیکرٕ انسانی صُورَت ۔ یہ صُورَت مخزنِ سیرَت بصیرت
خدایَن تھٲوٕ تمَن وَصفَن مجسّم ۔ تہٕ سوزُن عالمینَن عینِ رَحمت

چانہٕ برتل از وَنان اوس آفتاب ۔ یا مُحمدؐ! تُلتہٕ از رویس نقاب
اوٚرِ گوٚ آلو نقاب پانے ووتھن ۔ پادٕہ کَر پانَس اَندر تھٕوٚر اضطراب

اَنبرٕ کاشتھ میٚے سوٚرے نور کوٚر تھم ۔ یہ کینژھا تھانپہٕ لَد اوس دور کوٚر تھم
بہٕ شفقت ژٕہیٚ گٹَن او تھم میٚے گاشہٕ پرازش ۔ دِل وچھ ٲس کلیمنؑ طورٕ کوٚر تھم

محمدؐ یس سپد دے[1] تس ونُن کیا!
میژ لو! اکھ موٹھ بنتھ گورٹسک صحر!
تمس تھو آیتن وسعت خداین
بخشش اختیارِ کانسہ منز چھا!

---

گرنس
بہ اوس گنی[2] ہمی انسان گرنس
بہ اوس ہارِ نوُل یاقوت گرنس
بہ گورنس گاشہ منس
بہ دی دی بہ گورنس افتابہ جورنس
ستو رنگو بہ زن افتابہ

مے گوسرشار دل بس لر و بر و تس
امی قربن[3] دیتم نعتک بودر مس[4]
پہ مس پیہم چھونس تمی بہ رنگ
مے یوتاہ چھ و مے تیوتاہ لول ایمک تس

۱۔ دے = مہربان۔ ۲۔ گنی = کنہ پل۔ ۳۔ قربن = نزدیکی۔ ۴۔ مس = مے

بسم اللہ الرحمٰن الرحیم ۔ والتین والزیتون ۔ وطور سینین ۔ وھذا البلد الامین

# صلوٰ علیہ دائما

اے پرتوِ نورِ ازل ۔ آئینۂ حق بے بدل
مہرِ درخشاں لم یزل

## صلوٰ علیہ دائما

ظاہر تہ انساں پور پور ۔ باطن خدا صاحب ظہور
ظاہر نہ باطن عینِ نور

## صلوٰ علیہ دائما

ڈھاین تیرے حورِ ہنرادا ۔ گر ہین ملائک جی فدا
عاشق تیرے رفتار س خدا

## صلوٰ علیہ دائما

خوءِ شيڪرين جاذبِ ترين ـ روءِ يوسُف منزهِ حسين

موءِ نافهءِ عنبرِ سنبلين

**صلوٰة عليه دائما**

اُنهارِ ڪتي زلفن ڙهُو ـ هُو پيڪرِ تُو مُو به مُو !

کياه خاڪي پکهنا رُوبرو

**صلوٰة عليه دائما**

دُرِّ يتيم ! گوهرِ مُوَلَّل ـ ڙادرُ وَلته چهلکهه حُسنِ کُل

ڙبيءِ چهي ملے گندي گنڍي رُسُل

**صلوٰة عليه دائما**

اُمي دلِ شکستن فاضلن ـ قرباں ڙمے کورنے تن بدن

رُح چهس ڙمے تهونے آيه تن

**صلوٰة عليه دائما**

بسم اللہ الرحمن الرحيم فلا اقسم بالخنس الجوار الکنس واللیل

صلوٰة عليه و آله صلوٰة عليه و آله صلوٰة عليه و آله صلوٰة عليه و آله

میٚے وُچھ دیدو یمو دیدو محمدؐ
تِمی کوٚر فضلہٕ سیٖتی حد میوٚن لاَحدُ
کوٚرُن قطرس سموٗدر۔ ذرس بیابان
برابر روبرو تس میٚشر تہٕ عسجد[1]

---

مے چشمن سُورمہ بوزے گردِ نعلین
سستھن چھ بیٖنا میانہٕ عینین[2]
اتھی عرشس گاشہ اَری
نتہٕ بے سوٗد اَسہٕ اسم روز ہابین
اوے دوٗری سبھاہ کسمہ روز ہابین

محمدؐ آشنا گوٚمیوٚن آسن
پہٕ آسن دہٕ جہانس مزٕ پیدٕ کُن
اَمی کنہٕ زٕن کوٚرس سرچشمہ نعتُک
مشیت[3] اُتھ دِیان فاضل بناوُن

۱۔ عسجد = سوٗن یا جواہر ۲۔ عینین = زٕ اَچھ ۳۔ مشیت = رضائے الٰہی

---

نعت گو شعراء حضرات میں سے چند ایک کے اسماءِ گرامی ملاحظہ کیجیے:-

حضرت حسان بن ثابتؓ - حضرت زید بن ثابتؓ - حضرت متنبیؒ - حضرت امام بو صیریؒ
حضرت شفیق عماد پوری - حضرت مولانا ظفر علی خان - حضرت علامہ اقبال - حضرت

# صلِّ علیٰ

ازٕ چھ آمُت سالہٕ مدنی لالہٕ سون
دُری گُنڈِتھ صلِّ علیٰ تس گوڑٕ پرون

سوٗدرٕ منزی ما آسہٕ تس درگاہ ترُون
تُہندِ باپتھ ناوٕہن جگرس گرُون

سوٗدرٕ کین ہمپوشہٕ زارن گوڑٕ ونون
چھکنہٕ باپتھ ہوٗختہٕ گوڑٕ کابن برون

نفسِ قرآن تس وُچھتھ اَزٕ یاد پیوم
رُو برُو تس پیٹھ رحمن انگ سنگ کرُون

موت مُلی ہیتھ پراو حیاتن نبیؐ !
مرُونیا لازم حیاتس پیٹھ مرُون

تُہندِ نعلینک تصوٗر یوٗد لبو!
فاضلا! دیدو تہٕ لاکو اُسی جرون

اللّٰھم

اللّٰھم صلِّ وسلّم علیٰ روح محمدٍ فی الارواح وصلِّ وسلّم علیٰ جسدہٖ فی الاجساد

# یا محمدؐ

ژٕرےٚ دِژٕ ہتھ پوشہِ نیٚ یا محمدؐ
حیأتِ میأنی لگی نَے یا محمدؐ

مےٚ ہیٚو وکرتام پرٕتو چانہٕ رُویک
تمی تُجنم دِلس کھےَ یا محمدؐ

کُنی شےَ چھم دِلس بَس چأنی کُنی شےَ
گُیم تارٕ تھ یُہےَ شے یا محمدؐ

مےٚ چھُم دِل رخنہٕ زد۔ زَن شیشہٕ پھُٹمُت
یوٚہے دِل ہیتھ بہٕ آسَے یا محمدؐ

بےٚ خبری مَنز ژٕرےٚ دِتھم زأنی ہُندمَس
مےٚ چھُو رتھ گوُیوٚسے مےَ یا محمدؐ

میٔ چانیِ فکرِ منزلٕچ ژینہٕ ونی ہش
اَمِی منزِل کرِم طَے یا مُحَمَّدؐ

شعورٕس دارے دِیتنم لاشعورَن
اَمِی اَصلَک دِتم پَے یا مُحَمَّدؐ

میٔ چانی مہر نعتکی تازٕ گُل پھُلی
تِمَے گُل شیرِ لاگَے یا مُحَمَّدؐ

یِتِے رُودُم یہ یُڈ اسمان فاضِل
یہ کھورُم تتھ میٔ گوٚرَے یا مُحَمَّدؐ

— • —

## قطعہ

بہٕ چھُس کم مایہ مُفلِس - صیدِ غُربَت
فَقَط چھُم وُیژہ: نبیؐ صابٕنُ مُحَبّت
میٔ آرُت باگہِ چھُم اَلفقرُ فخری
اَمِی ستی چھُم وجُودس شانِ عَظمَت

— • —

## ماہِ مدینہ

تخلیق در سنہ ۱۹۳۳ء - مطبوعہ در "ترانۂ فاضل" مطبوعہ در سنہ ۱۹۳۶ء
مُصنّفہٕ سندِ سکوُل طالبعلمی ہُند زمانہٕ -

—.—

کرِے گنتھ ژےٚ اُندی اُندی ماہِ مدینہٕ ! وندے سرٕ بٕ پادن ژےٚ شاہِ مدینہٕ !
ہےٚ چھُم شرٕ وچھن کرٕ بٕ راہِ مدینہٕ !
وندے سرٕ بٕ پادن ژےٚ شاہِ مدینہٕ !

—.—

ہیوٚ مُت ذورٕ چھُس بیکس و بینوا چھُس دِہم لوٚد ژٕہ درشُن تیلٕی بادشاہ چھُس
گدٲیِ کرِے ہی خواہِ مدینہٕ !
وندے سرٕ بٕ پادن ژےٚ شاہِ مدینہٕ !

—.—

بٕ تُل چورٕہُت ازٕ تہٕ کوہِ غمن چھُس مگر تونٕہ چوٗنے نہالِ چمن چھُس
تُلُم بارِ غم پُش پناہِ مدینہٕ !
وندے سرٕ بٕ پادن ژےٚ شاہِ مدینہٕ !

—.—

وَنہٕ تہٕ آوِ سو بُردِ یمن کیوٗترٕ کالہٕ ہیوٗ سالہٕ ساتھہ کرِ وے تسلّی !
چھُ یُتھ دورٕ فاضل زٕ راہِ مدینہٕ !
وندے سرٕ یٕ پادن ژےٚ شاہِ مدینہٕ !



بسم اللہ الرحمن الرحیم اللھم بجاہ حبیبک ونبیک محمد الصادق الامین علیہ

بہٕ رٲودُس اے شہا! عرفانہٕ نِش دُور
مُسلماں زادہ چھُس، ایمانہٕ نِش دُور

ژٕ ظُورُک شعلہٕ تاباں: نورِ یزداں
بہٕ ظُلمت آشنا نورانہٕ نِش دُور

ژٕ چھُکھ قرآں صِفت: تفسیرِ قرآں
بہٕ چھُس آدم پرَس قرانہٕ نِش دُور

ژٕ چھُکھ ییٚتھ سیٚکلِس بارانِ رحمت
بہٕ چھُس ہیتھ پھیُر آمی بارانہٕ نِش دُور

تھزر تہٕ آوِتھ نظر چھَم اَصفلس کُن
زمینس لور چھُس اسمانہٕ نِش دُور

ہَلم ہرٕ تھ تہٕ چھِکی ہتھ لعل و گوہر
بہٕ فاضِل ژٕول آمی دامانہٕ نِش دُور

خیالَن مَنز مے چھِ پروانہٕ لوگُم
شمع روزاں نسا پروانہٕ نِش دُور

بہٕ آستھ تو تہٕ چھُ نے اُمتی چھُس!
ژٕ ے لُکشرم زرٕ و۔ بہٕ ہا چھُس پانہٕ نِش دُور

— - —

# محمدؐ

مے کرِ شوقن ثرے سیتھن آشنائیِ
خدائس نِش گیم کم نارسائیِ

شہنشاہن تہ گوا خر رشک میون
مے کرِ چانن وتن پیٹھ ترتھ گ آئیِ

ثرے پیھم نستعینکؑ وعظ پورِ تھم
خداوندے کران حاجت روائیِ

وونتھ لوکن بڈّین آقن غلامن
سجودن منز تہ تھاوِو خودنمائیِ

حیا اکھ صورتھاہ ازِ قسم ایمان ۲ؑ
سوّرِو یُنہ گژھ کرِو ہا بے حیائیِ

خدا زانِو خدا ۔ مخلوق مخلوق
خدا باقی تہ مخلوقن فنائیؑ ۳

۱۔ نستعینک :- اِیاکَ نعبُدُ وَاِیاکَ نستعِین (القرآن)

از کرم حیدری صاحب

دل وہ کہ بصد جاں ہو طلبگار محمدؐ - جاں وہ کہ جو ہو داسے خریدار محمدؐ - پوچھے جو کوئی ہم سے تو

خدا نزدیک زانو شہ رگو نِش ۴

مَنگن غارس کران تس نِش جُدائی

سِوَ اللہ کُنہہ نسا سُجدس سزاوار

کرو مسجودے آز جبہہ سائی

قرائن سُنج وتھ بس چھ کافی ۵

یِہے وتھ سورتہ پراوکھ بڈ بجائی

محمدؐ جنتچ اکھ بڈ بشارت

محمدؐ نارِ نِش لوکن رہائی

محمدؐ گنج اسرارِ حقیقت

تہنز کتھ سارنے عقدن کشائی

محمدؐ یس کھورن تل بادشاہی

سید تمی سندتہ کو فوبے نوائی

تمس الفقر فخری رتبہ فاضل

تمس نِش کامرانی یا گہِ آئی

۴۔ انی اقرب الیہ من حبل الورید

۵۔ الیوم اکملت لکم دینکم و اتممت علیکم نعمتی

از بھگوان داس بھگوان۔

یا نبی المحترم یا خولجہ ارض وسما یا رسول المختتم یا شافع یوم الجزا ہادی کل امم یا مظہر نور خدا مرحبا

مہ ووچھ دیدَو، یمو دیدو محمدؐ ـ تمی کوٗر فضلہٕ سیتی خدہیوت لاحد
کوٗرُن قطرس سوٗدُر ذرس بیابان ـ برابر روبرو تس ہیُر تہٕ عسجد

## روزٕ تہٕ روزٕدار

کیاہ از رسولہٕؐ روزٕ دارن ہاوکھنا خبر خبر
چانی وسیلہ کُن خدا لکھیا وان سحر سحر

چانی خیالہٕ خواہشن کُن مادہس چھوم
من پیتھ رٹُم آسان کوٗرُم روزک پہرہ

دوہ زیٹھی، ہاکتھ تہٕ کم نیبری چھپہ تاپہ کرے
اُٹھی منز بوچھر زوٗ لُم ہوٗ کھُم فاقہٕ اثر اثر

یا روزٕدارہ! گنڈ کمر ـ یم روزٕ عین نوٗر
جنت لبکھ ژٕ روزٕ سیتی واتکھ ثمر ثمر

کم کھیتھ تہٕ از خدا کرِ صبرس ژٕہ سر سبز
دُنی بانگ کنن گژھی نمازٕ کر سکھ سکھ

زم آخرت اس نے نے ضوفشاں کی بنائی ہے جس نے شمع طلبہ سے لو لگائی ہے جو موت پیش کرتی ہے زندگی کا پیام

شب آسہ لیلۃ القدر۔ دوہ آسہ روز عید

دِل سپد سوز و ساز و کیف مستی نظر نظر

پییشنس چھ ترلیشہ ہتی ہوان، ژیناں چھ اکھ ہنکھ
اُتھی منز یتاکھ، دِلن دِتاکھ نورانہ سر بسر

زیناں پھ دوہلہ رحمتک ساناہ شبِ بیدار
راتس نمازِ منز پراں فرقاں زبر زبر

ژھاآرم گداگری، ہگہ چانس برس نشے
پُستی تہ نیستی اندر حاصل تھر تھر

یم شش جہاتہ کنی کراں سیارہ خوش خرام
چانین کھوران چھ گتھ کراں شمس و قمر قمر

ارشاد چون حق تہ پوز اے فخرِ روزگار
ژیٚنی روبرو ہمہ نعتہ کنی بودم پتہ زر پتہ زر

یم فاقہ مس رسوٗل چھی طاعت گذار چانی!
فاضل کڈان اسان اسان روزک سفر سفر

بسم اللہ الرحمن الرحیم اللھم صل وسلم علی سیدنا ومولانا محمد وعلی آل سیدنا محمد بعدد

# شَب برات

اَزِ یُک شَب دوٚپ رَسُولَن بَرکَتُک شَب
لَبَان فیض دَہ جہاتَن بُتَراتَن تَے نَب

اَزِ یُک شَب رَحمتُک تَہٕ شَب بیدارَن
یِہ وِزِناوان چھُ ایمان خوفتہٕ کارَن

اَزِ یُک شَب حُسنِ قُدرَت ہیٚتھ بَدامان
رَضائے حَق بَرَان ہَلمَن مُسلمان

اَزِ یُک شَب آیہٕ پوٚٹ وَاللّیل ہوٗیُک
کَرِہ دیدار اَز وَالشّمس روٗیُک

اَزِ یُک شَب خاصہٕ اَلسَکینہٕ علامَت
غَمَن یُیِہ آشہٕ ہوٗیوٗسَن دِلَن سَتھ

اَزِ یُک شَب یِم لَبان تَم عینِ مَقبُول
چھُ مَقبُولَن دِلَن اَندر گَرِھاں زوٗل

اَز یک شب چھے خوشائی سارنے کرٚ

فضیلت اَز خداین سارنے دِژ

اَز یک شب عظمت کٔس شب خوش نصیبن

زَنین مَردن ، بُزرگن تے جوانن

اَز یک شب میُل کران بندس خدایس

وِصالک وَخ چھُ میلان بیس وکیوتس

اَز یک شب بیتھ: زِ نارس بنِیہ گُلزار

پھولن سونیُل ، گلاب تے ھی تہ گلنار

اَز یک شب: جنّتک دَروازٕ وتھو گے

رسُولن کرِ عنایت رب تہ گوٗدے

اَز یک شب بیتھ اندر رتی چھ ساتھ اَز

طلبگارن بنان رزق برات اَز

کرِو اَز مشتہر گو فیض رب عام!

عفو اَز سید حاصِل فاصلس تام

# انوارِ محمدی



الرحمن الرحیم مالک یوم الدین ایاک نعبد و ایاک نستعین
اهدنا الصراط المستقیم صراط الذین انعمت علیهم
غیر المغضوب علیهم ولا الضالین

ہیہ اَز نزو بیہتھ دَمَن چھُم یا محمدؐ — ژرہ رُوس گوٚمُت غمَن چھُم یا محمدؐ
ہیہ وُچھمکھ شوقچو دیدو پوٚتُس پیٹھ — مگر شوق باہمَن چھُم یا محمدؐ
تواں چھُم مُنزلس کُن تقشنہ پاچون — اما! دِل برہمَن چھُم یا محمدؐ
پَچھی پچھ پیرونس منز دیدہ دوٚر چھُس — مگر! ارہ ی ناسمَن چھُم یا محمدؐ
پَنزِ وتھ ہاوتک تے بخشنک ژک — ژرہ رُوس آخرکمَن چھُم یا محمدؐ
شرپاں زِ لیونُم توٚی انماہ سرنہیہ چون — نمَن پھیراں نمَن چھُم یا محمدؐ

ہیہ فاضل! اشتیاقس سیتی اَز تام
پھلِتھ آمُت چمَن چھُم یا محمدؐ

از ماہر القادری مرحوم: سلام اس پر کہ جس نے بیکسوں کی دستگیری کی سلام اس پر کہ جس نے



سلام اے ٹاٹھہ عربی لالہ سانے
سلام مہرویہ! ماہ میشالہ میانے

ترے کثر دیدن اندر وچھ جاشیرم
تریکھنا اکھ دماہ انہ سالہ میانے

حیاتک لالہ بوڈ سرایہ ترے چھکھ
گے تزنہی جانہ میانے مالہ میانے

(بے نقط نعت من کلام حضرت میرزا اکمل الدین صاحب رحمۃ اللہ علیہ)

رٔحس میانس الستکی پیالہٕ برٕ برٕ
بٔہ مَس چھُنزٕ آو تھس کلوالہٕ میانے!

ژٕ رٕوش بے سوٗد چھم رُوچ روانی
یہمنا جذبہٕ میانے حالہٕ میانے!

ژٕ وُچھ وُچھ شولہٕ وُن ٹرنگ گولابن
سُہ کیاہ پھوٗل قیسلہٕ میانے قالہٕ میانے!

مکانس، لامکانس، شش جہانس
اثر گو فاضلا! از نالہٕ میانے!



نوٹ:۔ الست: اَلَسْتُ بِرَبِّکُمْ (القرآن) ترجمہ:۔ کیاہ بٔہ چھُس نا تُہندٕ ربّ؟

# ماہِ عرب

یہ نعت "ماہِ عرب" فاضل کاشمیری نے سنہ ۱۹۳۷ء میں لکھی ہے۔ اُس سال وہ مدرسۂ انجمن نصرۃ الاسلام سرینگر میں دسویں جماعت میں تعلیم حاصل کرتے تھے۔ یہ نعت اسی سال ان کے ایک کتابچہ بعنوان: "گلدستۂ فاضل" میں چھپ کر مقبولِ عام ہوگئی۔ قارئین کرام کے لئے اسے من وعن درج کیا جاتا ہے۔

ہو گیا ماہِ عرب جب زینتِ بزمِ جہاں
ہٹ گیا باطل نہاں ہو گیا حق کا نشاں

سرنگوں بت ہو گئے اور قصرِ کسریٰ گر گیا
بجھ گئے آتشکدے، روشن ہوا سارا جہاں

دامنِ اسلام میں وہ قوتِ ایمان تھی
چومتی تھی پاؤں آ آ کر حیاتِ جاوداں

بات کل کی ہے ہم ہی ہم تھے جہاں میں سر بلند
تھا ہمارے کارناموں کا مقرر دورِ زماں

یا وہی ہم ہیں کہ اب ہم سا نہیں کوئی ذلیل
بن کے کیا تقدیر بگڑی ہے نصیبِ دشمناں

بیکس و محتاج ہیں اور خانماں برباد ہیں
گر پڑی بجلی وہیں رکھا جہاں پر آشیاں

المدد اے طیبہ و بطحیٰ کے والی المدد!
ہم میں آجائیں وہی اسلاف کی سب خوبیاں

ہم بُرے ہیں یا بھلے ہیں نام لیوا ہیں ترے
تو ہی کہہ دے تیرا در اب چھوڑ کر جائیں کہاں

فاضلِ خستہ جگر کی یہ دعا مقبول ہو
برتر و بالا رہے اسلام کا نام و نشاں

اللھم انی اسألک خیر ما اتی وخیر ما افعل وخیر ما اعمل

لا الہ الا اللہ قبل کل شیٔ لا الہ الا اللہ بعد کل شیٔ لا الہ الا اللہ یبقی ربنا ویفنی

# غلام اُس کا

(تصنیف و مطبوعہ در ۱۹۳۶ء)

وہ جس کے نام کا شہرہ زمیں سے آسماں تک ہے
زمیں سے آسماں تک ہی نہیں ہے لامکاں تک ہے

قرارِ عرش کا باعث ہوا ہے نقشِ پا جس کا
بنائے عالم ایجاد ہے حسنِ عطا جس کا

وہ جس کے نام پر جینا نشاط و شادمانی ہے
وہ جس کے قدموں پر مرنا حیاتِ جاودانی ہے

وہ جس کے نور سے روشن چراغِ طورِ سینا ہے
لقب جس کا دو عالم میں شہنشاہِ مدینہ ہے

وہ جس نے اِک اشارہ میں کیا ہے چاند دو پارہ
وہ جس کے گھر میں آیا آسماں سے ٹوٹ کر تارہ

— — —

وہ جس کی سوزشِ الفت کا ثمرہ دولتِ ایماں
وہ جس کے دامنِ رحمت کا صدقہ بخششِ عصیاں

وہ جس کے پائے اقدس پر جھکا ہے چرخِ مینائی
وہ جس کے دم قدم سے عبدیت نے آبرو پائی

وہ تھا وارث یتیموں کا، بے پیروں کا دلارا تھا
ضعیفوں کا عصا اور بے سہاروں کا سہارا تھا

خوشا قسمت ازل ہی سے غلام اسکا ہوا ہے فاضل
وہ جس کا نام ہے احمدؐ وہ ہے جو رونقِ محفل

بہ وَنہے چھُکھ ہلالِ عیدِ تابان
مگر چھُکھ زِن تِہِ دآہم زوُن باسان
حقیقت وَنہٖ کِنہٖ شمسُ الضحےٰ چھُکھ
ہلال پوٗٹھان۔ تِہِ دآہم زوُن کرِتھ ٹھان

بسم اللہ الرحمن الرحیم اللھم صل وسلم وبارک علی حبیبک محمد بعدد قطرات دموع

# محمدؐ

(چند اشعار مطبوعہ در سنہ ۱۹۳۶ء مصنف کی طالبعلمی کے زمانہ کی نعتیہ تخلیق)

پیام حق محمدؐ لے کے آیا — اُٹھا غل چار سُو صلِّ علیٰ کا
محمدؐ ہے سراپا نور حق کا — محمدؐ راز ہے صبح و مسا کا
منوّر ہو گئی ہے صبح عالم — وہی مظہر بنا نورِ خدا کا
عرش نے چوم لی ہے اُن کی نعلین — یہی سرچشمہ ہے شمس الضحیٰ کا
محمدؐ بادشاہ ہے دو جہاں کا — محمدؐ فخر ہے ارض و سما کا
خلوص و سادگی کا پوچھنا کیا — نمونہ ہے وہی صدق و صفا کا
عدو پر بھی نہ اُٹھی چشم مازاغ — اُسی کی آنکھ ہے پیکر حیا کا
غلاموں کو بخشش دی اس نے عظمت — وہی معراجِ ارفع نارسا کا
مسلماں کو محمدؐ ہی کے دم سے — گوارا ہے ستم کرب و بلا کا
مسلماں بن کے پہچانو خودی کو — یہ ہے فرمان امیر الاتقیا کا

کمالِ رتبہ کیا فاضل بیاں ہو
محمدؐ پیشوا ہے انبیاء کا

ہو زباں پہ شوق سے جب دہن مشک و گلاب ہو نام تو لفظ محمد لے کے ادب سے

# محمد صلعم

محمدؐ ظلِّ رحمانی محمدؐ نورِ یزدانی
محمدؐ ماہِ عالم یا سراج بزمِ ایمانی

محمدؐ پرتوِ نورِ ازل یا شمعِ ربّانی
محمدؐ آفتابِ دین محمدؐ صبحِ نورانی

محمدؐ رازِ حق سرتاجِ مرسل نازشِ امّت
محمدؐ عظمتِ ارض و سما محبوبِ سبحانی

محمدؐ رونقِ باغِ ارم زیبائشِ افلاک
محمدؐ زینتِ کون و مکان و عالمِ فانی

محمدؐ باعثِ صد افتخارِ دو جہاں فاضل
محمدؐ رازِ مخلوقاتِ عالم نوعِ انسانی

از مولینا ضیاء القادری صاحب

اللہ رے شرف یہ شہ بے نظیر کا۔ پایا خطاب حق سے بشیر و نذیر کا وہ خسرو مقام دنیٰ تاجدار خلق۔




# انوارِ محمدی ﷺ

فاضل کاشمیری

## نعت رسوٗلِ مقبول ﷺ

رسوٗلِ خدا بے مثال اللہ اللہ
حسینا سُہ چھُم پُر جمال اللہ اللہ

سُہ گُل رو مُعطر سُہ چھُم مُشکِ ادفر
گولاباہ سُہ چھُم لازوال اللہ اللہ

سُہ چھُم نوٗرِ انور سُہ چھُم شاہِ خاور
مےٚ سُے عیذ ہُنْد چھُم ہلال اللہ اللہ

مےٚ چھُم بے قرأری مےٚ چھُم انتظأری
تیَمِ نا وندَس یِم زِ لال اللہ اللہ

دَم مرگِ نزدیک آم فاضلاؔ ووٚنی
پِنس تام نَس چھُ کوٗت کال اللہ اللہ

---

ماخوذ از تصنیف: انوارِ محمدیؐ



مصنف: الحاج فاضلؔ کاشمیریؒ

نعت خوان جناب ابوالحسن فاروقی (آثار شریف حضرت بل)